Name of the book: **NATAK DUCHE**
Author: **Moti Lal Kemmu # 09419112371**
Copyright: Moti Lal Kemmu
5-Apna Vihar Kunjwani
Jammu - 180010
No. of Copies: 500
Year of Publication: 2015
Computer DTP: **IILS DTP CENTER**
471-A, Sec-2, Vinayak Nagar
Muthi Jammu - 181205
**Rinku Koul # 094191-36369**
Press: **Raina Art Printers # 09419141499**

کِتابہٕ ہُنٛد ناو: ناٹک دُچ
ناٹک کار: موتی لال کیمو 094191-12371
کمپیوٗٹر کمپوزِنگ: آئی آئی ایل ایس
471-A، سیکٹر 2، وِنا یک نگر جموٚں
رنکو کول 094191-36369
چھپٕنۍ وٕری: 2015
حقوٗق محفوظ: موتی لال کیمو 5 اپنا وِہار کنجونی
جموٚں 180010
تعداد: 500
موٗل: 150 روٗپیہِ
پریس: رینہ آرٹ پرنٹرس # 09419141499
سرورق: موتی لال کیمو
کِتاب میلنگ پتاہ: ۱۔ موتی لال کیمو 5 اپنا وِہار کنجونی جموٚں
۲۔ کِتاب گھر۔ کلچرل اکیڈیمی کنال روڈ جموٚں

**For**

**Ravi Shankar Kemmu**

**and**

**Dr. Govri Shankar Raina**

شری روی شنکر کیمو

تہٕ

ڈاکٹر گوری شنکر رینہ

ہِنٛدِ خاطرٕ

# فہرست


۱۔ گوڈُت
۲۔ آرءِمنی پاُتھر
۳۔ جاُدی گر

# گوڈُت

یم زٕ ناٹک یتھ سوٗمبرنہٕ منٛز چھِ تم چھِ دوٚن مختلف نٔجن تہٕ فارمن ہٕنٛدی۔ واریاہو صوٗفی شاعرو چھےٚ شارن منٛز آرمینٛی پأتھرس مُتلِق اِشارٕ کٔری مٕتۍ تہٕ کتھٕ باومٕژ۔ بانٛڈٕ ناٹیم کِتابہٕ منٛز چھُ مےٚ وۄنمُت ''نیامہٕ صأبن چھُ پنٛنہٕ اکہِ نظمہِ ہٕنٛدی ژور بنٛد بانٛڈٕ پأتھرن کُن اِشارٕ کران وُنۍ مٕتۍ:

ڈٔرزِ یامت مُژراوِرونے     سُے سامانہٕ گوٚنڈ آرمنے
لالُک ہمت سپدِ یا کنے''

مرحوم محمد سُبحان بھگت اوس ونان زِ آرمینٛی پأتھر چھنہٕ وجوٗد ے تھاوان۔ یہٕ اوسُس تَس ونان زِ کأشرِ بو شأعرو خاصکٔر تھ کرشن جوٗ رازدانٛن چھُ امہِ پأتھرُک ذِکر کوٗرمُت تہٕ أسۍ کیٛاژِ مانو نہٕ امہِ پأتھرُک وجوٗد۔ یہٕ اوسُس وارِیاہن بانٛڈن پرٛژھان روزان زِ آرمینٛی پأتھر چھوا گنٛدان تم أسۍ خاموش روزان۔ أخر ہوو یہٕ پأتھر کوٚ پوارِ ہتہٕ مُل کھوٚ بانٛڈو۔ دوٚیہ ترٛیہ لٹہٕ وُچھنہٕ پتہٕ ژیٖوٗن مےٚ زِ اتھ چھُ وارِیاہ کینٛہہ روومُت۔ وٗری وادن سوٗنٛچ مےٚ اتھ مُتلِق۔ محی الدین صأبَس وۄنُم زِ سُہ کٔرِن ہتہٕ مُل کٔمن بانٛڈن نِس وۄنٹہٕ وألی پأتھر تہٕ آرمینٛی پأتھر نوٚٹ تہٕ واتھورکٔمن نِش ہأنٛز پأتھر تہٕ مُہری پۄرکٔمن نِش گٔدی پأتھر۔ یم چھِ کینٛہہ لوٚکٕٹۍ پأتھر۔ تٔمۍ کٔڑنۍ چھُ رُت۔ محمد سُبحان بھگت نہِ ''بانٛڈٕ پأتھر'' کِتابہٕ منٛز چھنہٕ یِہُنٛد ذِکر تہٕ۔ تِکیٛازِ تم أسۍ نہٕ یم پأتھر گنٛدان۔ محی الدین عاجزنہِ کِتابہٕ ''بانٛڈٕ پأتھر تہِ رنٛگہٕ باوُژ'' منٛز چھِ أسۍ وُچھان آرمینٛی پأتھر صِرف

سٹن صفن پێٹھ سبٹھاہ موختصر۔ دراصل چھِ پأتھرس منز نٔژن باتھ تہٕ مسخری ہنز تھر کھارتھ ؠِگنٛدٕن گران۔ پۆز ہے بۆز ۆیمن لوکٹن پأتھرن چھِ بانڈ کیژن نامی بانڈٕ پأتھرن ستی ؠِگنٛدان مثلن ہأنز پأتھر رلاون انگریز پأتھرس ستی تہٕ بسنہٕ پأتھر بٹہٕ پأتھرس ستی۔ پرژھنس تہٕ سوال کرنس کٔس اوس بانڈن۔ سأری بانڈ آسی نہٕ یم لوٕکٹ پأتھر ؠِگنٛدان شاید مصلحتہٕ کنی۔ میأنی صاحبزادن شری روی شنکر کیموبن تہٕ ییلہٕ آرمینی پأتھر وُچھ تہٕ مےٚ بأوتس پنٕنی رائے ستی وۆنمس یہ پأتھر گژھہِ نۆوسرٕ یُن لیکھنہٕ ازکٲلی ماحول نظرِ تل تھأوتھ۔ تور دۆپنم توہہِ بغأر کٔس لیکھہِ۔ مےٚ دۆپمس اگر ژٕ ڈاریکٹ کرکھ تیلہٕ۔ تمی کۆر منظور تہٕ اگست 2012 تل مےٚ قلم تہٕ دوہ ستہٕ مرلگی تہٕ پأتھر گو تیار۔ مارچ 2013 کۆر جیمہٕ کأشری یاوِ ؠِگنٛدن گری ہتھ ریہرسل تہٕ 13 تہٕ 14 اپریل ویشا کھہِ دوہ ؠِگنٛدِ یہ زنانہٕ کالج گاندھی نگرٕ کس سٹیجس پێٹھ۔ لُکہٕ ہتھ ژۆمبرٕ وُچھن وٲلی دوہدِش تہٕ سأری ؠِگنٛدن گری مایگرنٹ خألص اکھ ڈۆگرٕ کۆر ریٚیمہٕ کأشری بأتھ تہٕ گیوٚ تہٕ نٔژن تہٕ کۆر۔ یمو ؠِگنٛدن گریو نہٕ اوس بانڈ نہٕ بانڈٕ پأتھر مألن پێٹھ وُچھمُت۔ بژنہہ کالہٕ آسی پأتھر بٹہٕ بانڈ تہٕ ؠِگنٛدان۔ اچھِ ول، مٹن تہٕ دویمن گامن نزدیک روزن وٲلی سِکھ ؠِگنٛدن گری تہٕ گلوٚکارتہٕ آسی بانڈن ستی جشنہٕ ؠِگنٛدان گنکہٕ نژان تہٕ گوان لُکہٕ پأتھر چھنا۔ یم شُری جیمہٕ زایہ پرٛتھیہ بڈییہ تم کیاہ زانن بانڈٕ پأتھر۔ مگر سون آرمینی پأتھر یمو وُچھ تمو کۆر شاباش۔ یم نہٕ بانڈ تموے ؠِگنٛد بانڈٕ پأتھر۔ تموٚ کُر مسخری۔ تموے کۆر نٔژن تہٕ اداکٲری۔ مےٚ چھِ واریاہ سوال کران کیاہ بانڈ پأتھر روزِیاہ زِنٛدٕ۔ یہ چھسکھ ونان ییتس کالس یہ Relevant روزِ تیتس کالس روزِ زِنٛدٕ تہٕ ییلہٕ پرٛأنی پأتھر

Irrelevent گژھن تہٕ پنٕن گالخاتس۔ کینٛہہ ؤری بڑونٛہہ اَس اکھ یوٗرپی خاتوٗن وأتھورأمژ ییٚمہِ بانڈ پأتھرِچ فِلمہِ یوٗرپہٕ موکھہٕ تیار گرٕتس ییٚلہِ لوکل میڈیا والوٚ یتھُے سوال کوٚرتمہِ دہِت جواب ''بانڈٕ پأتھر روزِ تیٚلہِ زِنٛدٕ ییٚلہِ یہِ ہم کال زِنٛدگی سٕتۍ مُناسبت تھوِ'' تہٕ یہِ کأم وأژمٕ 1964 پتہٕ کران تم لُگہٕ پأتھر فارمہِ منٛز ناٹک لیکھتھ یم بانڈٕ و علاوٕ شہری کلبو ادا کاروتہِ گِنٛدی تہٕ آرمینٛز پأتھر چھُ تیٚچ ٹاکارٕ مِثال تہٕ اِضافہٕ۔

بانڈن چھُ تھکہٕ ناوُنک دب دِنُک تہٕ مبالغہٕ آمیز کتھہٕ کرنُک پزٕ ون عادتھ۔ گرِ پتہٕ گرِ گاٹل واریاہ مگر باہمتھ تجربہٕ کار پوٚرمُت لیٚوکھمُت کتھِ ہُنٛد ؤطیرٕ تھاوُن وول ہدایتکار ندارد۔ یُسے تمن منٛز زیادٕ پہٕن پران سُے بأنڈل تژ اوان۔ وتہٕ ہاوُک گُس بنہِ؟ پتُن نہٕ فِکرِ کھسان۔ تیٚلہِ گُس گِنٛدِ یہِ آرمینٛز پأتھر؟ ییٚلہِ 6-7 ستمبر 2014 کٲشِرِ سہلاب آومٕ پیوٚ آرمینٛز پأتھر یاد ییتھ منٛز اسہِ ژینہٕ وَن اَس دِژمٕژ شہرِ سرینگرچہِ بیشتر آرم وارِ بنے یہِ نوِٕ کالونی، بال گارڈن، جواہر نگر، چھژ بل، نروٗر، رعنی وٲر تہٕ ڈل ڈٕنٛدی تام تھأوِکھ آؤری تہٕ یمو ڈیمبولو کچھو کولو، نمبلو تہٕ آبہٕ وتوWater ways بٕرِتھ شہر اوٗس تتھ کوٚرُکھ ترقی ہٕنٛدِس ناوس پتھ ڈُبہٕ ڈاس تہٕ عیش وعشرتس منٛز گوکھ مُشتھ سندھ مت نگرس کیٛاہ گیوٚ ییتھ از وولُر ونان۔

وَنن وأِلی چھِ ونان زِ بأنڈٕ پأتھر چھُ آدمس پتُن أنٛدرؤن ژھارنٕچ تحریک دِوان، اسہِ ناوان، خنٛدٕ کرِناوان مگر زأوی جارچہِ کتھہٕ تہٕ اشارن منٛز ونان کٲشِرِ ہنٛز پڑأنٛز ربوٗ ایتھ۔ اَوے لیکھی مٕ ییتھ پأتھرس منٛز تژن أہم صوٗفی شاعرن ہٕنٛدی

بأتھ۔ یم بر موقہٕ تہٕ برماحول چھِ تہٕ ناٹکس برژر کران۔ امہِ موکھہ چھُس بہٕ نیامہٕ صأب، شاہ قلندر تہٕ احمد راہ صأبن ہُند ممنوٗن۔

دوٗیم ناٹک چھُ جأدی گر۔ مُلکہٕ کِہن رِیاستن چھُ زِٹھبن نِش یانے کیندر سرکار واریاہ راحت ہُند رقم بطوٗرِ پیکیج دِوان۔ Package رٔٹتھ کم قلیلہٕ خرچان تہٕ اخبار تہٕ لُکھ روزان نالہٕ دِوان زِ باقی روپیہ کوٗت گژھان۔ پٔتم شیٹھ وٗری وأتی مُلکس منٛز وُچھان ''گوٹالے پر گوٹالا'' تہٕ تِم جأدی گر یِم یِہ دولتھ غأب کران تِمن وُچھتھ تہٕ سأری أچھِ وٹان تہٕ کرکھ تے لُکھ کران تو تہٕ ژھوپہٕ گران۔ یِمٔنے جأدی گرن، گوٹالا بازن یوٗ دوٗے تھیٹر کل نیجہِ تل ڈرامہ چور، گوناہ کورا؟ یِہ ناٹک ہکِن اداکارٔ کِس تجربہٕ کار ہِدایتکارنہِ ہِدایژ تل گنٛڈِتھ۔ یوٗ ژھ ہے خواین آینٛدِ گینٛدو یہٕ تہٕ بزبان ہندی تِلکیأ زِ اتھ چھُ مے پانہٕ ترجمہٕ کوٗرمُت یُس ہندی شیرازٕ انک 3 نمبر 216 وٗری 2014 ہس منٛز چھُ چھپیومُت۔

وومید چھم کأشرِ گنٛدن گری، ہِدایتکار برن یِمن دوٗن رنٛگہٕ ناٹکن وژھہٕ وأنٛجہِ لول تہٕ قأری پرن شوقہٕ سان تہٕ ڈرامہ تہٕ تھیٹر نقاد کرن پنٕنہِ رائے تہٕ اِظہار۔

جوٗم۔ 12 اکتوبر 2014

موتی لال کیموٗ

☆☆☆

# آرمینٍ پأتھر

## (Aarmene Pathier)

کردار:

۱۔ مسخر

۲۔ سُبحان صوٗفی

۳۔ دِوٗ ژ۔ دِوتھ آرمینٍ

۴۔ آرم کورِ۔ کم سے کم ژور

۵۔ مسخرٕ کوٗٹ۔ ژِو آیک (لوٗکٹ کوٗٹ)

۶۔ پترٕ کوٗر

۷۔ پرزوٗن۔ بأخۍ پرزون

۸۔ لالہٕ صوٗفی

۹۔ نوجوان غأرزأنی

۱۰۔ گاٹٕلکٕ نفر ژٕ ہمبرٕ

۱۱۔ لسہٕ پنڈت

۱۲۔ گوٗر

۱۳۔ سہہ (ژٕترٕ بژور)

۱۴۔ آرم کوٗرِ۔ بیٚترٕ

آرمینی پأتھر آوگوڈنِکہٕ لٹہِ جیٚمہِ 13تہٕ 14 اپریل 2013 گِندنہٕ۔جاے أس زنانہٕ کالیج گاندھی نگر۔وق شےٚ بجے شام۔

سٹیچس پیٹھ:

| | |
|---|---|
| مسخرٕ | منوج بھٹ |
| مسخرٕ کوٚٹ | وِنے پنڈِتا |
| سُبحان صوٗفی | راکیش بھٹ |
| دِوٗژ آرمینٛز | پِھی راج شرما |
| لالہٕ صوفی | چندر موہن زُتشی |
| پتر کوٗر | انکو رینہ |
| پزرزوٗن | وِشال ہانجورا رڈیزی بزاز |
| غأرزوٗن | رمیش پنڈِتا |
| ژٕترِ بزور | اروِند کول |
| گوٗر | وِنے سوٗری |
| لسہٕ پنڈت | عطیہ خاور |
| آرم کوٗر ا | شیتل رینہ |
| آرم کوٗر ۲ | نیہا شرما |
| آرم کوٗر ۳ | مینل پیر |
| آرم کوٗر ۴ | کُسم کول |

| | |
|---|---|
| آرم کوٗر ۵ | بھارتی رینہ |
| آرم کوٗر ٦ | پرینکا سہگل |
| سورنے وادن | موہت کول |
| کورس | روہت ورما، وِشال ہانجورا، موہت راول، اروِند کول، عطیہ خاور، راکیش بھٹ، رمیش پنڈِتا تہٕ وِنے سوٗری۔ |
| روشنی | روہت ورما |
| اسسٹنٹ ڈایرکٹر | عطیہ خاور، شیتل رینہ |

**ہدایتکار**

**روی شنکر کیمو**

(پژٕ ووتھان۔ سورنے وٲلی اژان۔ تِم وایان "دود کیاہ بنیوے آرکی کورے"۔ کینٛہہ بُرٕژ پتہٕ مسخرٕ کوٚٹ ووٹہٕ ٹلان تہٕ اَسان اژان)

مسخرٕ: واہ......واہ......ہو......ہو......ہو...... کیاہ سورنے واد! ہے لۆکو! چھِواسأ بوزان۔ یِم کیاہ وایان۔ کیا ہتام گیوٚن۔ لگہٕ دھُن۔ آ...... سُہ بأتھ ہسائہ...... کیاہ کرٕ......وُمرچھِ بڈان مشربہٕ چھُ لاران۔ وٕہی...... وٕہی...... وٕہی...... آ...... یِم چھِ گبوان...... پہوم یاد...... یُوٗ زِو۔

(سورنے واد بنٛد۔ خأٹس اکھ سورنے ساتھ دِوان)

(گبوان تہٕ نژان)

دۆد کیاہ بنیوے آرکی کۆرے  آرکی کورے

یۆتاہ زینان یۆتاہ ہورے  یۆتاہ ہورے

دِژوٗن نار چھُس زن ٹلہٕ مورے  زن ٹلہٕ مورے

(ژھِن کھو ہُور وُچھان)

کُن زوٗن بُڈٕ گرِ صُبہ شام وورے  صُبہ شام وورے

گرِ چھُکھ سونٛد راہ کھیوان بتہٕ پھورے  کھیوان بتہٕ پھورے

کامہٕ کوچہٕ نیران وٕہی اُٹھی زورے  وٕہی اُٹھی زورے

ووڑ ژٕنجہٕ چھُس پہوان ماجہِ ہنٛزٕ کورے  ماجہِ ہنٛزٕ کورے

(دۆیمہِ طرفہٕ اژان باپوشاکھ سُبحان آرم (صوٗفی))

سُبحان صوفی: ہیاہ مسخراہ! کہو چھکھ اورنہٕ یؠ رنہٕ بأتھ گوان۔ یمن سورِنے والدین ہتی چھامان۔ یم گیہِ وۄستادِ زمان۔ یم چھِ نیہِ انان لیپہِ تہٕ کتھ کرٕناوان بڈس فلسفی ہندی پأٹھی۔

مسخرٕ: (حأران) نساہ! پوٗز چھکھ ساونان۔

سُبحان صوفی: ہتھ فی صدی پوز۔

مسخرٕ: یمن چھا تگان گتھ وانی۔

سُبحان صوفی: تہِ کیاہ گوگتھ۔ وُنی گرٕ ھِ نژن واد چھکھ تگان وانُن۔ ژٕ کیاہ نژن کرکھٕ؟

مسخرٕ: ہا......ہا......ہا...... میانہِ مسخرٕ پانو۔ ہے میوٗن نژُن کُس وُچھِ۔ ژٕ وُچھکھا؟ یمہٕ چھِنا یمہٕ آرمی بایہِ تہٕ آرم کورِ۔ ییٚے کرہأن نژُناہ! ہے وۄستادو! وایِیو سأ نژن واد!

(سورنے پیٹھ رؤف۔ دِوتھ آرمینز شرٕ ارتہٕ سان یِوان)

دِوتھ: گرِو وایُن بَنٛد۔ آرم کورِ کُس نژُن کرن! یمہٕ کیاہ گتہٕ رہنہٕ چھا؟ یم چھنہٕ دیول دأسیہِ زِ نژُن کرن تالہِ تہٕ لیپہِ مثرٕ۔ ہُنہہ!! (سورنے بَنٛد)

مسخرٕ: کیاہ بی چھکھ ونان۔ ییٚلہِ آرم کورِ نژن ہا کہٕ واربن کھسہِ گربکھ۔ سوسبزی کھسہِ۔ سوسبزی کھسہِ۔ أژ سوزو طرفاتن تہٕ أژ کرو آرن مثرٕ ہو کھِتھ لگہِ ونٛدس۔ ہوکہٕ سیٚن تہٕ وُشُن بتہٕ۔ واہ!!

دِوتھ: نہٕ لگے بلایہِ۔ اَسی کتہِ زانو نژُن۔ ئر چھِ تُلان زنگ چھِ مشان۔ زنگ چھِ تُلان تہٕ ئر چھِ مشان۔ کتھن ہے لگو نہٕ تلان ئر تہٕ زنگ تہِ مشان۔

مسخرٕ: ئلی دِوان دؤل ہنگتہٕ منگہٕ! ہے سازندر و گرِ وسا تو ہی وایِن شوٚ رُ۔ سأرے آرم کورِ سمن۔ بتہٕ تتھٕ کرن نژُن۔ وُ چھِو آیہِ۔

(آرم کورِ دہن طرفن وِنگومنزٕ بُتھ ہاوان)

دِوتھ: نژُن شؤ بان دِوین پیٹھ۔ اَستانن تہٕ مانسبلن پیٹھ۔ (نیران)

مسخرٕ: اَستانن تہٕ مانسبلن ہنزٕ کتھاہ کرِن۔ رُت۔ رُتٕے رُت! اَسی تہِ کرو دِوے ہُنٛد نژُن۔ رؤف۔ واہ! واہ!! شاہ قلندر صأبن چھُناہ وؤنمت۔

سی تو سوندرو کروے رووِیے کامہٕ دِہو دِوے مانسبل!!

(رؤف گیوان۔ آرم کورِ اژان رؤف کران۔ سورنے ساتھ دِوان)

کورِ: ونہٕ چِن وِگنِن ونہٕ وُن سووِیے، بتہٕ چھم منہٕ چِن تارن سوز
ان پوٚ رمنصؤری مَس گوس چھِوُ یے، کامہٕ دِہو دِوے مانسبل!!
لِوٕ تہٕ پژ و چھےٚ نِو کھو تہٕ ئو وِیے، روس اتہٕ گژھ سوری نہٕ زانٔہہ
ہِشو شاہ قلندر چھُنہٕ کأنسہِ ہیووٕ یے، کامہٕ دِہو دِوے مانسبل!!

(سورنے واد بنٛد۔ آرم کورِ نیران)

مسخرٕ: واہ! واہ!! رؤ و ہا کِنہٕ کتھٕ! دِلہِ جِگرس پے یم شیٚہلتھ۔ کیاہ نژُن۔

شروُٹیل نژُن۔ ہُٹس آسکھ روزنہِ وزان۔ کیاہ سأ ہے وُچھن والو!
وہ نی وُچھتو یمن ہتی۔ ہیے کوربو۔ وُلو یؤ ری۔ (کؤرِ اژان) یمن
آرم کورہن ہتی میون لُکہِ نژُن۔ گیوو۔ تو ہی تہ۔

کورِ: روزنہِ دامانہِ پھوے شروٗنی گوے بأکی یے
شروٗنی گوے بأکی یے !!

مسخرِ: بالہِ پأرِم خاص أنم کولہِ گُیم ڈأکی یے
کولہِ گُیم ڈأکی یے !!

کورِ: سونہِ زأنیأنہِ اوٗنم اندرِ وُچھم خأکی یے
اندرِ وُچھم خأکی یے !!

مسخرِ: روپہِ ماہرینِیٔ أنم سوے أنم سأکی یے
سوے أنم سأکی یے !!

کؤرِ: وِگنہِ ونہِ وُن کوٚرُم سوے کھُوم چأکی یے
سوے کھُوم چأکی یے !!

مسخرِ: روزنہِ دامانہِ پھوے شروٗنی گوے بأکی یے
شروٗنی گوے بأکی یے !!

سورنے بنٛد۔ سازندر تہِ آرم کورِ نیران نژان تہِ گوٚان۔ لوٗٹ
مسخرِ اژان نأکی ترٛ اُوِتھ خأکی لیٚج تہِ اتھس کبتھ ژھوٹہِ ہتھ۔ تَس
چھِ نأکی جوکرتہِ مسخرِ ہندی پلو۔

کوٚٹ: (اژان) الہٕ گژھن یا وٲنگن ۔ مرٕژ وانگن نے رُوانگن ۔ بتہٕ نتہٕ بتاس! ٹلِٕ کڈان زیون ٹاس ۔ تیٚمی کور سمیٚس ستی اتھہٕ واس سٕہ کران ترقی تہٕ گژھان بدحواس ۔ نتہٕ ژھریے لیٚجِ وایان تہٕ تھبکان سنٛ ساس ۔ نہٕ چھُ گنہٕ رٔنن نہٕ چھُ دانس پوٚن ۔ سأری یِڈ تھپھ گرتھ کران بکواس ۔ ؤہی مےٚ چھُ اٹہٕ بارِ گوٚب بوٚر ییٚمہٕ ژھری لیٚجہٕ ہُند ۔ کڈ تہٕ اتھ ٹاس اٹہٕ بار لوتہٕ (تی کران) ہا...... ہا...... ہا...... (ژرنگہِ ٹلان) ہو مسخراہ ژٕ کتھؤ پٹھ نٕہلی لاگنہٕ بڑوٚنھے گوٚن تہٕ نژن لاگناوان ۔ کینٛہہ چھیاہ پتاہ وَق کوٚت وۄت (سنجیدٕگی سان) وقت آبأدی ہا وۄت!

مسخرٕ: ہیا آرم کٹیا ژٕ ہا چھکھ پوٚز ونان ۔ مگر مےٚ ونتاہ یہٕ ژھرے لیٚجِ کتھ سنا پٹھ چھےٚ نألی ۔

کوٚٹ: یہٕ چھس ژھرے لیٚجہٕ کھاران بوش ۔ أتھی منٛز رنان بتہٕ، سبزی سنٛ، ہاکھ، ہند، کلیہٕ تہٕ روگنجوش ۔ واہ مزٕ ۔ مزٕ بلاے ۔ مزٕ بلاے کِنہٕ کٔیاہ!

مسخرٕ: ژھرے کتھ کران ۔ اپُز تھکہٕ ناوان ۔ نألی ژ کِہ روٗس لیٚجِ ۔

کوٚٹ: یہأے لیٚجِ کمن کمن دنہٕ والٹِن ۔ رُشوت خورن تہٕ بداخلاقن گأمژ نألی ییٚمہٕ ژھوٹہٕ ستی تڑ اونکھ کلس دب اِڈ پھِرن حبسہٕ ۔ کِنہٕ نہٕ ۔

مسخرٕ: ژھوپہٕ کراوِ پھِٹے گُستام یۄرِ یِوان۔ (دِوتھ آرمینٛز اژان)

دِوتھ: ہیے پِترٕ کۄرِی ہاۓ ہیے پِترکوری ہیے!! (پِترٕ کۄر اژان)

پِترٕ کۄر: کہے زِموجی۔ ژٕ کتھے پِٹھ مےٚ ژھاران؟

دِوتھ: تلے کۄری مأژِلس کرتہٕ آلو۔

پِترٕ کۄر: ژےٚ کیٛاہ کری؟ آسہِ گُنہِ کامہِ کوچہِ وژ امُت گُن؟

دِوتھ: دِس آلو پانے واتہِ یۄرِ۔ اِدِ بیٛنہِ آسہِ تہٕ تتہِ۔ کۄرِ وقتہٕ آبأدی ہے ووت! سارِوٕے لأج نِہالِ تہٕ أسی رۄژِ پتھ۔

پِترٕ کۄر: (آلو دِوان) ہمالہِ ہمالہِ بابہٕ جۄدو تہٕ زےٚ۔ ہمالہِ ہمالہِ بابہٕ جۄوو تہٕ زےٚ!! (باپوشاکھ لالہٕ صوفی اژان)

لالہٕ صوفی: (سٹایلس منٛز وَنان) کیٛاہ بی گژھی پِترکۄری تہٕ ژےٚ۔ کھہتہٕ ہناہ تہٕ ژےٚ۔ پیٛی ننٛدٕ رتہٕ ژےٚ۔ تالہِ ٹوٚنگ تہٕ مےٚ۔ ہُنہہ! گژھہٕ دربار تہٕ بابہٕ جۄوو۔ گژھہٕ سرکار تہٕ بابہٕ جووو۔ گژھہٕ بازار تہٕ بابہٕ جووو۔ لاگہٕ پأژار تہٕ بابہٕ جووو۔ چھُم نہٕ بیزار۔ نہٕ بیزار چھُم لأگتھ۔ بلکہٕ بیزار تہٕ بابہٕ جووو۔ (پِترٕ کۄر اسان)

دِوتھ: ہے کیٛاہ گوم ژٕ کیٛاہ وَنان۔ سأرِی گرٛیک زیٹھہ تہٕ ژےٚ۔ مرٕ دٕرنگی تہٕ ژےٚ۔ کورِمول تہٕ ژےٚ۔ أمِس کورِ وۄن مےٚ ژےٚ کری آلو!

لالہٕ صوفی: اگر کانٛہہ وتہِ پکہٕ وُن ژےٚ ہۄکریِی تہٕ بہٕ کتھ دِمہٕ یہِ ریش؟

دِوتھ: اِقبالس گُن۔ نیک نامی تہٕ پاپرجایی گُن۔ گوڈٕ ونتہٕ مےٚ وقتہِ آبأدی

ہے وۄت اَسہِ چھُنا کینٛہہ کرُن؟

لالہٕ صوفی: ناتہٕ توٚہی چھِواے پٔزاران۔ یہِ مےٚ وُنیُک تام کرُن اوس تہٕ کوٗر مےٚ۔ وونی چھُس بہٕ وأنسہِ آمُت۔ بُڈ یومُت۔ ہکھٕ رِنی سور یومُت۔ نمہٕ بون تہٕ کمرس دگ۔ پکہٕ سیوٗ د تہٕ زنگن حرکت۔ و......أ......ے۔

دِوتھ: ہکتھ کر پأدٕ۔ گرس کُس واتی۔ اِدٕ بیتِس کالس زنٛدٕ چھُکھ کینٛہہ چھُ کرُن۔

لالہٕ صوفی: نا ےتمیٚ سُبحان صوفی ہے ونیو سُہ لڑکہٕ۔ پرزون! انیو نا؟ تلہٕ بھی گژھ سُبحان کاکس دِناد۔ وپُس بابہٕ جوٗ چھے ژھاران۔

پتٕر کوٗر: سُبحان کاکو! چاچہٕ لالو تہٕ زبےٚ۔ سُبحان صوفیو۔ چاچہٕ صوفیو تہٕ ژےٚ۔ (لالہٕ صوفی اژان)

سُبحان صوفی: ہے لالہ جوٗا! ہے لالہٕ جوٗا ژےٚ کتھ پٔٹھ گُنڈ نے رینٛہہ۔ گوڈٕ بوز سلام پتہٕ کر کلام۔ نرم یا گرم۔ وُشن یا ٹھنڈٕ۔ ہاوُن باوُن لایکھ کوٹاہ اوٗنمے جوانِ دہر۔ ڈیکس موہر۔ کھوان آسہِ تہٕر۔ مگر......

لالہٕ صوفی: مگر کیاہ! انان انانے ژوٗل واپس۔

سُبحان صوفی: آ۔ بال ژھنڈِتھ۔ یوت وأتتھ آرم وارِ وُچھِتھ پیوس گرٕ یاد۔

لالہٕ صوفی: تیلہِ کتھ لگہِ بیتہٕ۔ اتھ وُشناوِس رِنہٕ اتھ زالِس؟

سُبحان صوفی: لالہٕ صوفیاہ رِزٕھ کتھ چھُکھ کران؟ خبرٕ کتی چسکہٕ دِتھ۔ خبر کیاہ کیاہ

تھکہِ ناؤتھ آو۔ بوز بہِ ونے۔ ونسا ہے مسخراہ ولہِ ژِ تہِ بوز۔

(سُبحان صوفی گیوان۔ مسخرِ تہِ کوٗٹ چھِس نژان تہِ ساتھ دِوان)

سُبحان صوفی: پرزون آمُت گِنڈنے ژلتھ پنٔنہِ دیشہِ آمُت
یوٗر آمُت گِنڈنے گاٹلین مژ چور آمُت

مسخرِ: ژادرِ جنڈاہ پیٚہِ لوٗژاہ نبرِ پیٹھ ہتھ کیاہ آمُت
یوٗر آمُت گِنڈنے صافہِ وُچھی توٗس نائلی گومُت

کوٗٹ: دہو دارُک تھزرا چھِس آرم وارِ سائلس آمُت
یوٗر آمُت گِنڈنے تسی پھِران گوتن ژامُت

مسخرِ: وأنسہِ لوٗکٹ ڈوٗکھ چھِس ژامُت، نُے نُے پکان بطخ ہیوٗ
لوٗرڈ کھران مانگے آمُت پرزون آمُت گِنڈِنے !!

سُبحان: ہا کوسا مانگے چھُ منگنہِ آمُت۔ ہنگتہِ منگتھ مسخری کران۔ سُہ ہا چھُ
مےٚ تیمِس لالہِ آرٗس پلزنہِ اوٗنمُت۔

کوٗٹ: تیٚلہِ کیاز ژوٗل گرِ واپس۔ گرِ پیٹھ اُنتھ تہِ ژوٗلا واپس بالہِ اپور!

سُبحان: ٹھہرِو۔ وُنی انوٗن یوٗرکہ ناد دِتھ تہِ پرژھوس۔ (آلو دِوان) ہا
پرزنیو تہِ ییٚہہ! ہا پرزنیو تہِ ژےٚ شریٚہہ! ہا پرزنیو اسہِ ماکھیاو ویٚہہ!!

پرزون: (اژان) کیاہ سأ گژھی سُبحان کاکو تہِ ژےٚ۔ اسلام وعلیکم!

لالہٕ صوفی: وعلیکُم سلام۔ ژٕ ونتہٕ ژٕ کیاہ زِ اوسکھ منٛد چھان یوراژٕنٛس؟

پرزون: ہے لالہٕ صوفیا! بہٕ کیاہ ونے ژٕ ےٚ! لتن ہُنٛد ماز لاریوم وتن۔ وتن ہُنٛد ماز لاریوم لتن۔ پان وۄتھرُم ڈارن تہٕ کھاہن۔ وتہِ اوس پکُن چاہن تہٕ ڈلن۔ دوہا اکھ بنیو مالہِ سرکارکہِ طرفہٕ آیہ بیگاٗری۔ گرٕ پتہٕ گرٕ پیوٚ واکھ اکھ نفر سوزُن بیگارِ۔ لالہٕ آرمس۔ تیمس لالہٕ صوفس تہٕ وأژ وأری۔ وُنہِ اوسُس بہٕ أمی سُنٛد گرٕ اژنے زِ آرمی وٹژن کوٚر مشورٕ تہٕ بہٕ سوزٕ ہوس بیگارِ۔ ییر وگوتہٕ گاسؤو آو۔ میانہِ بڈٕ خودایہٕ۔ اوے چھکھ وۄنمُت!

سُبحان لالہٕ: کیاہ؟

پرزون: (وارٕ وارٕ لفظٕ ونان زنتہٕ گنگہٕ راوان تہٕ گوٚوان۔ مٔژری وۄش ترٛاوان تہٕ اوٚش تہٕ ہاران)

بالس کھسان مالہِ سرکارس زۄٚ کھوتہٕ زیادٕ رأچھی کرٕنی پیوان تھکھ یوٚ دوٚے دی شاہ تے سوتیں کُرہ چھِس والان چوب دِی دِی وائے خودایا۔ رحم کر۔ کُرہ چھِس والان چوب دِی دِی (امی وِزِ ماگُن نیران بنٛیس مسخرس کُرہ دب دِوان تہٕ اکہِ وِنگہِ یِوان تہٕ بیٚیہ وِنگہِ نیران)

پرزون: ہوچھِ ژوچہِ گنٛڈٕ ژیوٗٹ کھمن چھِس دِوان، ٹھول ماز سبزی خاب بنان بیاکھ ژوٗٹ منگہٕ نٛس وار چھِس نہٕ تھاوان، ماٹھ چھِس کران چوب دِی دِی

(امی وِزِ اکھ دستأرؠ ویوٹھ پُلسہٕ وول أکِس گرٕ پِتِس کینہٕ دب والان)

پرزون: واے خودایا رحم کر، مارٕ چھِس کران چوب دِی دِی

ییٚتھی تھےٚ بیمار پیٚیہ تِتھی تھےٚ ترٛاوان، ترٛیش پلہٕ ناوِنس کیٚت نہٕ کانٛہہ نوٚن

تپہٕ دود دس منٛز یکھ چھِس چاوان، لورِ ٹاسہٕ ماران چوب دِی دِی

(اکھ سیٹھ أکِس غریبس لورِ ژنٛجہٕ دِوان اژان تہٕ نیران)

واے خودایا رحم کر لورِ ٹاسہٕ ماران چوب دِی دِی

پرزون: واے برنس نہٕ کانٛہہ کرٛ یکہٕ کھوژناوان، کٕچہٕ ٹاسہٕ قدمہٕ قدمہٕ پکہٕ ناوان

کھوریوٚ دوٚے ڈٕلہٕ ڈُلہٕ گونٛڈ دیِاوان، مأج یاد پاوان چوب دِی دِی

(گوڈنچہٕ ترٛیشوے تصویرٕ ترن کوٚنَن منٛز ہاوان)

واے میأنی موجیاے، مأج یاد پاوان چوب دِی دِی

یِیلہٕ چھُم پیوان یاد أنٛدری چھُس شٹرٛ مان، سرکأرؠ ناد چھےٚ مارٕ کران

بیگارِ گرٕ ہنٛس وأنٛس چھےٚ چھونان، لاہہٕ چھِ کھاران چوب دِی دِی

واے یِیلہٕ تٔم دوہ چھُم یاد پیوان شاہ تام چھُم سوتان اوٚش چھُم

أچھو منٛز دارِ وسان، خودایہٕ چھُس ونان روزان اِدٕ چھُم فکرِ

تران بیگأرؠ کیٛاہ گیہٕ۔ مےٚ چھےٚ یتھ پأنٛس سأرٕسے تھرٕ گرہ دبو، کٕچہٕ

ٹاسو تہٕ لاہ چو نِشانو ہیٚتی برٕتھ۔ سرکارن دِتی نَم ٹھیلہٕ من واراہ مالہٕ

سرکار۔ یِم أسی نالوندو تہٕ بالواپور واتناوٕنی۔ یِم أسی ہہٕنٛد وہٕنٛد وہٕتی

برٕتھ۔ کیٛژون دوہن پوٗشُم دجہٕ منٛز بتہٕ سیٚن یُس لالہٕ صوفی اوٚسُم

ویُتمُت۔ اِدِ تی کھوم، تتھ تہِ أسم رأچھی راول شریک پوان۔ کھوان گوس تہٕ پکان گوس، اکھ اکھ میِل کڈان گوس۔ کُرہ پتہٕ کُرہ پکان تہٕ ییٖلہِ دجہِ ہُنٛد بتہٕ سیٖن موکلیوتہٕ اُنجم بوچھِ شیٖیو بوہر بو منٛز گوس اکھ اکھ ہنٛدِ وہنٛد کڈان تہٕ کھوان ییٖلہِ مالہِ سرکار ہتھ گاٹھ ووُتس بوہرِ گیہِ خأ لی۔ تمن خأ لی بوہرن بربم کترِ تہٕ میٖژ پٹھٕ کوٚر رکھ گنٛڈ۔ مالہِ سرکار کوٚر رکھ حوالہٕ تہٕ پانہٕ دژاس مگر رسید ہیوٚتمکھ دوران تہٕ دوان آس بالن وسان تہٕ کھسان تہٕ آس یور۔ زأنہٕ خودا کس مارن، کس رٹن، کس ہانٛژہ کھالن تہٕ مُسلہٕ والنس۔ بہٕ آس پانس یور۔

لالہٕ صوفی: اللہ ہو! اللہ ہو!! باجہٕ بسر سے آسن خأر۔ کأنسہِ تہِ ؤنی زِ نہٕ کینٛہہ۔ بیگارِ ہنٛز وأری ؤژھ نکھٕ۔

سُبحان صوفی: واہ! واہ!! گاٹٕہ جار کِنہٕ نہٕ۔ عقلہِ ہُنٛد کارچھُن کوٚر رمُت۔ تژ اونہٕ وونی ژےٚ نِش؟

لالہٕ صوفی: نتہٕ کوٚت سأ گژھہ۔ بہٕ اوس تہِ بیٛتُک آسہِ تہِ پیٚتُک۔

سُبحان صوفی: اِدِ کیاہ حوالہٕ چھےٚ بہٕ باُجی پرزون۔ اسلام وعلیکم۔

لالہٕ صوفی: نیرِ وبڈِ و خُدا ئیس حوالہٕ۔ وعلیکم سلام۔

مسخرٕ: ہوکٹیو! بہٕ گو باُجی پرزون۔ ژٕ گوکھ کوٚٹ تہٕ بہٕ؟

کوٚٹ: وارِ تہٕ کارِ مَس خرٕ۔

مسخرٕ: ژٔے پتاہ یہِ باگرِ پرزون کُس چھُ۔

کوٚٹ: پٔنِہ ماجہِ ہُنٛد گوبُر۔ بیٚیہِ کُس؟

مسخرٕ: شی......شی......شی...... ژٕ ونان کیاہ چھُکھ۔ گوڑٕ آس سوالس سنان پتہٕ آس جواب دِوان! کینٛہہ توریہِ فِکرٕ۔

کوٚٹ: تیٚلہِ چھُ وتہٕ گژھ۔ ازیٚتہٕ پگاہ ہُتہِ۔ مگر۔ لالہٕ صوفس نہٕ اتھٕ شیٚہلاونس کٔیت کانٛہہ۔ اوے اوٗن گرٕ پیٹھی۔ تس چھُناہ سوکوٚر۔ پترٕ کوٗر۔ تٔسی ستی کربس خانٛدر۔ نتہٕ بوزُن گرس منٛز ووبالی۔

مسخرٕ: پوٚز چھُ۔ اوے چھُ صوفی شاعر نعمہٕ صابن وۄنمُت (گیوان)

وتہٕ گتےٚ پانہٕ میانوٚ کتھ نہٕ روزان کانٛہہ یے......۲

کوٚٹ: بالہِ کریوم لوٗکہٕ لوٗکے لوٗکھ نہٕ نیران سارٕی یے!!

لوٗکھ چھِ تیٚتھی دوکھ چھِ دِوان کانٛہہ نہٕ کران یارٕ یے!!

مسخرٕ: ماجہِ زایوس نبتھٕ نوٚنے کینٛہہ نا اوسُم نالی یے

یام بہٕ بڈیوس تام گوموطوق دُنیا نالی یے!!

کوٚٹ: گرِ دزایوس چنٛدٕ چھوٗنے بنہِ کے بازارٕ یے

پتہٕ بۄ وۄنٛتھے نظرٕ دِوان رأوی مے در دِل سارٕی یے!!

مسخرٕ: طوطہٕ روٗٹھُم کُس بہٕ سوزن ہارِ چھِ منٛزم یارٕی یے

ہارٕ چھِ موکتھس مالہٕ کران طوطٕ ہنٛز لاچارٕی یے!!

باگرِ پرزون: ہانعموکرتہٕ حاصِل تورِ کینٛہہ وھاڈٕ لی یے

بارِ خدایو عارِلی نے ناوچھم وہ بأ لی یے !!

(مسخرِ تہٕ کوٚٹ نژان تہٕ ستی گوان "ناوچھم وہ بأ لی یے")

مسخرِ تہٕ کوٚٹ: ہی...... ہی...... ہا...... ہا......

کوٚٹ: پُزی چھُ یہٕ پرزون وہ بأ لی۔ پانس کئیت گامس کئیت تہٕ لالہٕ صوٗفس کئیت تہٕ۔ پکھ پانس۔

پرزون: نیرِ و نیرِ و۔ میٚتہٕ توہہِ چھا برابری۔ پتہٕ وہ بأ لی۔ پرزون گرِ پیٹھک۔ آرم کارِس ناوأقف۔ دپھ یوٚ دوٚے گرِ چھُ گرُن تیٚلہِ چھُ کار ہیٚچھُن۔ (لالہٕ صوفی اژان تولہٕ وور ہتھ)

لالہٕ صوفی: اللہ ہو...... اللہ ہو...... ہا با جیو! ژٕ کرتہٕ اکھ کام؟ ژٕ پاز تول أسی سگوو تھل۔

پرزون: لالہٕ صوفیو! تہٕ اوٚس پوٚز۔ مگر اتھ تولس کیاہ سأ چھےٚ گنڈٕ کیٚج پھٹرٕ۔

لالہٕ صوفی: ژٕ کیاہ ونان۔ کر پھٹ گنڈٕ کیٚج۔

پرزون: پوٚز ہا چھےٚ ونان۔

لالہٕ صوفی: تیٚلہِ گژھِ ژٕ چھانہٕ وان۔ گژھ میٚون ناو دِزِ۔ باہ شتھ چھان گژھن حأضر۔ اکھ گنڈٕ کیٚج گٔر دونہٕ نے باہ شتھ تولہٕ وأرک واتن بُرٕژس منز۔

پرزوٗن: ہا...... ہا...... ہا...... گیوٚس۔ پھیریاس سأرِنے چھانَن۔ کأنسہِ

أ کر تہِ مون نہٕ چون۔

لالہٕ صوفی : کیٛاہ......تعجب چھُ!

پرزٕون: آ۔ پتہٕ دیتُم پٔتھن ناو۔ پرزون بوجر ! چون ناو۔ لالہٕ صوفی کوٚرُم گُم۔ ازتہِ گُم۔ بڑ وٚنہہ گٔن تہِ گُم۔

دِوتھ: (شرارت) کیٛاہ چھُکھ بکان۔ ژٕ ے کتھ کوٚرُتھ أمِ سُند ناو گُم؟ لوٚکن کیٛاہ پھُکھ تھیکہِ ناوان۔ ہتاہ لوٚکھ ما چھکہٕ نٔے تھوکہٕ۔ ہا میٛأنہِ خوداصأبو! وُ چھ رات اوٚن مےٚ یہِ ربہِ منٛز مینہٕ منڈُک۔ ژٕ ے کوٚرتھا أمِ سُند ناو گُم؟ ییا لالہٕ صوفی ہا چھُ باہن شتن آرمین ہُند زیٹھُ۔ سأرِی آرمی ہا چھِ أمِس مشورٕ ہوان۔ تھٔزرس تھاوان۔ أس شیرِ تھ أمِ سُند ناو ہوان۔ ژٕ ے کوٚرتھا أمِ سُند ناو گُم!

لالہٕ صوفی : اللہ ہو!...... اللہ ہو!! ہا باجہِ کتہِ کتہِ دیتُتھ ژھانڈ و۔ کتھ کتھ سرے آسے۔ پکھ ووٚنی پاز ژٕ تول۔ أسی سگوٚتھل۔

پرزٕون: تول پازٕن اوٚس پوٚز۔ مگر پتھ کرپلس منٛز چھنا ڈیٹ۔

لالہٕ صوفی : ڈیٹ!

پرزٕون: آ...... دیو۔ جِن ہاجِن۔

دِوتھ: ژٕ ے کتہِ وُچھتھن؟

پرزون: ییٚلہِ تولہِ ووٚر یون ترٛووُم تٔمی روٗٹ ڈُل۔ تولہٕ وور چھنہٕ واپس کھسأنے۔

دِوتھ: اِد کانہہ پیرا۔ فقیرا یا سادا وُچھی زِہبن۔ سُہ پرِہس مأنتھر۔ یا پھوکھ دِی ہیس۔

پرزون: گیوس۔ گیوس ملہِ یار بأجس تہٕ گیوس تہٕ گیوس کُکلہِ کرالس گیوس تہٕ گیوس حیدر دیوس۔ گیوس تہٕ گیوس ژندرٕ گوم نِپلہٕ پنڈِتس۔ مُشتہٕ ہتی کوٚ ڈنس نبر۔ توٚ ے آس لو تے واپس۔

لالہٕ صوفی: ہو۔ باجیا۔ تیلہِ زال ژٕ اتھ ژھاے۔

پرزون: ہا لالہٕ صوفیا۔ ژھاے تہٕ زاجیامس تہٕ ماے تہٕ بریے مَس۔ (کمر بِگلوان) پنہٕ نِس پأنس گراے تہٕ دِژمس۔ اندن تہٕ لبن ہٕنز زلرٕ زأجِر تہٕ وأجِرمس۔ أندی أندی نوژمس۔ سبٹھاہ عرض تہٕ کریومس۔ اند یوم نہٕ کَنھی۔ کینْہہ تہٕ نساہ اند یوم۔ (سونچان) ٹھہرسا لالہٕ صوفیا! بہٕ کرے أمِس کرہلہِ دیتِس سلام۔

(کوٚٹ انان ژٕکہِ روٗس کرنجل سُہ تھاوان پرزنس برٕ ونہہ کنہِ)

پرزون: (کرنجلس منز چوٗنٹھ دِتھ) ہتو ہو کرہلہِ دیتو! میأنی سلام کرقبوٗل۔

(آواز بدلأ وِتھ) وعلیکم سلام! (پٔتر کوٚر ریوان دوران دوران)

پٔتر کوٚر: ہو...... میوٗن وُنِس نمسکار!

پرزون: ہا کرہلہِ دیتو! لالہٕ صوفنی کوٚر چھےٚ ونان نمسکار! (آواز بدلأ وِتھ) ہا باجیا وُنِس نمسکار روزت!

دِوتھ: ہاہاکِر میرزنیا! تلا میأنی تہٕ وُنِس سلام۔

پرزون: وِلاچھِ بلا! ژِ بیٚہہ اوٗگن۔ تِکیاز ِیہِ چھُ زنانہٕ ذمس بیزار ہے۔ کرہلو دیتو! لالہٕ صوٗفنہٕ زنانہٕ! دِوژ آرمینُو چھےٚ سلام ونان۔ (آواز بدلأوِتھ) وأ ژ۔ سلام تہِ وأ ژ کلام تہِ دپُس شود تھاوُن۔ سارِنے اکی نظرِ وُچھن۔ نہٕ کأنسہِ روشُن نہٕ کأنسہِ توشُن۔ دپُس دوہے شامہٕ پٔتی کرہلس تل ژوٹنگ زالُن۔

دِوتھ: اِدِ یہِ کوسہٕ بڈٕ کتھ چھِ۔ ہتے پترِ کوٗری شامہٕ پٔتی ہے أسی زِ کرہلس پیٹھ دزِوُن ژوٹنگ تھاوان۔ پژتھ راہ گیرس گاش ہاوان۔

لالہٕ صوفی: ہتاہ بأچو پرزنیو! یہِ کرہلو دہت کمہِ دہن درمُک چھُ؟

پرزون: ہا کرہلو دیتو! لالہٕ صوفی چھےٚ پُژھان ژِ کمہِ دہن درمُک چھُکھ؟ (آواز بدلأوِتھ) نہٕ چھُس مندرن گژھان نہٕ مشیدن۔ صِرف کرہلس منز آبس تل روزان تہٕ تل پاتال گژھان۔ میٚون آب چھُ پژتھ اِنسانستہٕ جانورس کیٚت ہوٚے۔ تژیشہٕ ہتن تژ لش ہمہٕ راوان۔ آبس نہٕ چھُ رنگ نہٕ ذات۔ آب چھُ شروژ راون۔ صاف کران۔ پاک تہٕ پوِیتر بناوان۔

لالہٕ صوفی: اَدِ سأتہٕ پاز ووٚنی تول!

پرزون: ہے کرہلو دیتو! لالہٕ صوفی چھےٚ تول پازنُک اِجازتھ منگان۔

(آواز بدلاوِتھ) تیلہِ چھُس اِجازتھ ییلہِ چأنین سوالن ہُند جواب دِیہ۔ (چونٹھ کڈان کرنجلہِ منزٕ)

لالہٕ صوفی: کمن سوالن ہُند جواب چھُم دیُن؟

دِوتھ: یکیاہ بے زبان چھا۔ کم کم یِوان اُمِس نِش مشورس۔ داے تدبیر دِوان۔ وتھ ہاوان۔ وتھ نہٕ راوران کأنسے۔ اِنسانیت رچھان۔ کِنہٕ نہٕ؟

لالہٕ صوفی: پوٚز چھُ۔ پوٚز چھُ۔

دِوتھ: ہتے پُتر کوٗر۔ تلے کانہہ بأتھاہ بوزٕ ناو۔ تول پازٕنک رُت شگُون ہے چھُ۔

پُتر کوٗر: یہ کوسہٕ کتھ چھِ۔ (پُتر کوٗر گیوان تہٕ موٗنگہٕ ماران۔ تس ستی لالہٕ تہٕ دِوتھ تہٕ نژان)

ڈریاوٕ وزاو پرتو | قطرٕ دریاوچتھ گو
ہیتھ بار چھے بارخانے | مأری موندسہ جانانے!!
آبے چھُ صاحب تاج | آبے چھُ آبس محتاج
آبے چھُ اُنہٕ خانے | مأری موندسہ جانانے!!

دِوتھ: (گیوان)

سوٗن چھُ سبطھاہ یہِ ڈریاو | وون دِتھ ژٕ اژھ اندر پڑاو
چون آب مے گیے ہر | سرٕ کرٕ ژٕ راہِ دِلبر!!

چھوٚن وعظ پرُن چھُ ناحق بیوٚن ترٛ اوشُبہٕ تہٕ شکھ

کھوٚن مازٕ پٔن چھُ بہتر سرٕ کرٕ ژٕ راہِ دِلبر!!

لالہٕ صوفی: (طرزِ رلأ وِتھ گبوان)

سٕزٕ آبک کوٚرنے پانے مٕزٕ موہرے ژُجرٕ نس خزانٕے

کرٕ ژٕ تمہِ کٕے کوٚرنے تیار دراشباب وُچھ کارِسرکار!!

گرِس چھانٔن سامانہٕ سأرِی آبہٕ خأطرٕ ےلأ گٔنس نأرِی

آبہٕ زورے ژھل پھیرِ یکبار دراشباب وُچھ کارِسرکار!!

ژھل کوٚرنس تل کارخانس کل کراژھ اند رمکانس

رل اتھ مٕزٕ مل چھےٚ اہنکار دراشباب وُچھ کارِسرکار!!

ہو بأجی پرزنیو! نوٚن شگوٗن تہٕ پول۔ پأزٕ ساووٗ ژٕ تول؟

پرزون: بہٕ پأزٕ تیٚلہِ تول ییلہِ مےٚ ژٕ دِکھ سوالس جواب۔

لالہٕ صوفی: ونساہ سوال؟

پرزون: ژٕ ون ژُ زونگ تہٕ ژوداہ زنگو کیاہ گو؟

دِوتھ: ہا پرزنیا! بہٕ ہا چھِ پرٛژان۔ اتھ پرٛژِ گوژھیا جواب۔ ژٕ تہٕ پرزون ژٕ کُس گام دِکھ؟

لالہٕ صوفی: تلے ژھوپہٕ کر۔ ہتاہ پرزنیا! مےٚ ناچھنہٕ پتاہ۔ ووٗنی ونتہٕ ژٕ ے بہٕ کیاہ گو؟ یِژٕ دوٚے صحی ونکھ تیٚلہِ مانتھ بہٕ ژٕ صحی موہنیو!

پرزون: بوزسأ لالہٕ صوفیا! ژُ زونگ تہٕ ژوداہ زونگ کیاہ گو۔ ژُ زونگ گو

سَہ ییٚلہِ زمینٛدار چھِ نیران دأنہِ لوننہِ خأطرٕ۔ تتہٕ چھِ آسان حالوتس چھِ ونان ژُ زوٗنگ۔ ژوداہ زوٗنگ گو سَہ ییٚلہِ زمینٛدار باے نیران چھِ یاہ ٹلنہِ خأطرٕ تتھ تل آسان خر۔ تس چھِ ونان ژوداہ زوٗنگ۔ بۄزتھ۔

دِوتھ: واہ! واہ!! ژُ زوٗنگ خر لگان بور ٹلنس تہٕ ژوداہ زوٗنگ خر گرشھان تس لتن تل۔

لالہٕ صوفی: اَدِ سأتہٕ پأزووٗنی تول؟

پرزون: پأزِ ہا۔ مگر اتھ گرشھِ آسُن پأشی وول۔

لالہٕ صوفی: یہٕ کوسہٕ کتھ چھِ۔ تیلہِ ییمہٕ یہٕ۔

پرزون: نا......نہٕ......نہٕ...... ژٕ مُری دیادم کیاہ کرکھ!

دِوتھ: تیٚلہِ ییمہٕ یہٕ!

پرزون: نہٕ......نہٕ...... ژٕ بیٚہہ ہوکُن۔ اللہ کُن!

پترٕ کوٗر: تیٚلہِ ییمہٕ یہٕ۔

پرزون: واہ! اتھ چھا پُرژھُن کینٛہہ......یہٕ مُناسِب زأنکھ!

لالہٕ صوفی: سومس سومھ۔ اکھأ کس بٔن اکار بکار۔ کُس جورٕ!

دِوتھ: از نتہٕ پگاہ چھکھ گرٕ گرُن۔

(کورٹو نگر ہتھ کھنہٕ نچِہ اداکأری کران تہٕ دِوتھ آرمینز ژوٗر دِوان دِوان بأتھ تہِ ٹِگنہٕ راوان تہٕ گہوان۔ پرزون تولہِ وأرِس ہیوٗر تہٕ

یون کران)

دِوتھ: عارژےاوے نا ہتاہ باجیواز چھیا وانگن کرائے
غأرزانیو پڑھ ژے کریواز چھیا وانگن کرائے
سأرگرِ تھے آکھ جہانس از چھیا وانگن کرائے
ہٹۂ ماران لگ ژ کارس از چھیا وانگن کرائے
(أتھی ءتِ بوج ژلان تول پھُٹرِتھ۔ لالۂ صوفی دورِ پٹھ یِوان کرکۂ دِوان)

لالۂ صوفی : ہتاہ باجیو! آبس ہا آوتھک۔

دِوتھ: ژ کیٛاہ ونان۔ کتہِ آو آبس تھک۔ ہُتہِ یُس کولۂ راد اوس ہیٛرِ وسان تہِ وأرِسکۂ وان تتھ آو آبس تھک۔

لالۂ صوفی : پرزون باٚگرٕ کوٚت ژؤل؟

دِوتھ: خبر توبلۂ وؤر پھُٹرِن تہِ ژؤل۔

پترکؤر: پُژی آو آبس تھک۔ (امی وِزِ اکھ غأرجوان پتلون لأگِتھ اژان)

غأرزأنی : ہے توٚہی کوٚت نالان۔آب کوٚرموےٚ ہیٛری بنٛد۔

لالۂ صوفی : کیٛازِ؟ ازتام چھا کأنٛسہِ کوٚرمُت بنٛد۔

غأرزأنی : یہِ کیٛاہ مُفتے چھا۔ وُمروأ ژِ مُفت آب استعمال کران۔ زانٛہہ دیتوٚ آبہٕ ٹیکس۔

دِوتھ: ہتاہ خودایو! یہِ کُسو چھُ آب بنٛد کرن وول۔ أمِس گواہ آب

کاٗمٕنۍ۔ یہٕ کرٕیاہ آب بٔنٛد۔ اَسہِ چھِہ آبس ءستی کاٗم۔ ہاکھ سبزی نوان آبہٕ ءستی۔یہٕ کرٕیاہ آب بٔنٛد۔

غاٗرزاٗنۍ: ہے حٔکمہٕ سرکار چھُہ اٗنٛن بامل۔ گوٚڈھو تحصیلدارس گرٕڈھو۔ کمشنرس گرٕڈھو۔

لالہٕ صوفۍ: یہٕ دِمتھ پیٚنٛتھی تھیٚے دب دِتھ پتھرِس داٗرِتھ۔ نیرآب تڑ اویلہٕ۔ ازتام چھٕنہٕ کاٗنٛسہِ آب کوٚرمُت بٔنٛد تہٕ ژٕ کُس چھُکھ؟

دِوتھ: ینہٕ یتھ گرس منٛز آیس تنہٕ چھٕنہٕ مےٚ زانٛہہ وُچھمُتھ کانٛہہ آب بٔنٛد کران۔

غاٗرزاٗنۍ: ہے یہٕ کیٛاہ اپُز وناہ۔ سرکارن کوٚر رفاٗصلہٕ ہیٛری کنۍ نہر کڈٕنک اوے کوٚر آب بٔنٛد۔ آپٔنٛواہ روپیہٕ پڑتھ گرٕ ہینہٕ پتہٕ تڑ اووآب یلہٕ۔

لالہٕ صوفۍ: ژٕ کیٛاہ ٹرونان۔نہرِ نیرِ تہٕ آب ولتہِ عامس تہٕ خاصس۔

غاٗرزاٗنۍ: یہٕ زٕلنہٕ تہٕ تہِ کیٛنٛہہ۔مےٚ چھُہ حُکمہِ حاٗکم کرُن تاٗمیل۔ (وونۍ چھِہ باقی آرم تہٕ سمان)

اکھ: ہے کیٛاہ ساڈلیل۔دلواٗژُن کتھ پیٹھ۔

لالہٕ صوفۍ: یہِ ماز اٗنیوٚن۔ کمہِ گاٗمُک چھُہ۔

اکھ: ییٚمہِ گاٗمُک چھٕنہٕ۔ آرم تہِ چھٕنہٕ۔یہٕ کیٛاہ ونان؟

دِوتھ: ژٕ کُس ساچھُکھ؟

غأرزأنی : وی۔ایل۔ڈبلیو پیٹی چھُم ڈیوٗٹی۔

اکھ: ونان ٹر۔ سُہ چھُ ہیٚرِ گامُک غلام دہن۔ أسی زأنون نا۔ وُنی گرٛھوس نادس تہٕ پُرژھوس۔

دِوتھ: ہو! گامکو آرمو ہو۔ لۄکو ہو۔ کُنہِ کاژہہ چھُ وہو۔ آب ہا کوٚر ریٚمی جہنم گارن بنٛد۔ أمِس نا پتاہ أسی ما چھانوس سأری دَنٛد۔ نتہٕ کرون گامہٕ أنٛدری غأب۔ (لُکھ پہوان وأنٛتھ)

لالہٕ صوفی : نیر تژ اوآب یلہٕ۔ نتہٕ گرٛھکھ از جان۔

دِوتھ: آب چھُ جویہِ وسان۔ سأنی تہٕ واربن ہنٛز تژیش ہمہٕ راوان۔ گامس سگہٕ وان۔ تہٕ ژ کرکھا آب بنٛد۔ گویاہ شاہ بنٛد۔ (تَم رٹان تمِس نالہٕ تھپھ کرِتھ لُکھ ژھٹن دِوناوان)

لالہٕ صوفی : لُکھ چھِ ہلہٕ شرٕ کرِتھ کولہٕ کھنان۔ پازان تہٕ آبس عامس تام واتناوان تہٕ یہِ کریاہ آب بنٛد۔

اکھ: ہے لالہٕ صوفیا یہِ چھُ نقلی وی۔ایل۔ڈبلیو۔

دویم: تیٚلہِ رٹیوٗن تہٕ کریوٗن پُلِس حوالہٕ۔

غأرزأنی : ہا...... تہٕ ...... نہٕ بہٕ ...... بہٕ ...... بہٕ چھُس نہٕ نقلی۔ (ژلان) (اورٕ یِوان پرزون)

پرزون: ہے لالہٕ صوفیا۔ ازکل چھِ تِتھی تھپل گامن پھیران۔ أمی اوس ہیرے کھن دیتُمت تہٕ آب یورکُن بنٛد کوٚرمُت۔ تژ ووٚنے یلہٕ۔

گُنی مُش ہأوِس تہٕ ژۄل۔ لالہٕ عارِفو۔ژۄل۔ از کأژِ تھپُل ژۄل۔

(أسان)

لالہٕ صوفی: ناتہٕ ژےٚ موکلو تھاہ تول پأزِتھ۔

پرزون: یہٕ اوسہٕ سو توٚہہِ کریلہٕ منٛز آب تولہٕ وارِ ستی ڈۄ ربن واتناوان۔ییٚلہٕ تھوٚکُس تہٕ پھٹرٕم تولہٕ وۄر۔

دِوتھ: ہا ژےٚ کو ساہ دِوتھ ؤ ژھے کامہِ ژۄ راہ۔

پرزون: کامہِ کومہٕ گژھِ نامنٛزٕ تھکھ آسُن۔ چایا ژ وٹاہ آسِنی۔شیٚجار آسُن۔ شیٚچ کتھاہ باتھاہ آسِنی۔ بڈٕ جوراہ چھوم صُبہٕ شام حُلکے أتی کڈان۔ مون دُ ووکھ بتہٕ چھو وم دِوان۔ترٕ ییٚشاہ تموکاہ ندارد۔

لالہٕ صوفی: ژٕ رکھو بجہٕ بجہٕ کتھٕ کران۔ ژٕ چھُکھ اوٚنمت خدمت کرنہٕ۔ اتھٕ شیٚہلاونہٕ۔ ووتھ موکلاو تھٕل رُوِتھ۔ پتہٕ کھمبو بتہٕ۔ (پرزون بیٚہوان روٚزِتھ)

دِوتھ: (گیوان)

پرٕزنس مأل پیٚو چایہٕ پیٚالس     تیٚوٚنگلاہ ترٕ أوی تو سماوارس

پھوٚ پھوٚ پھوٚ پھوٚ پھوٚ پھوٚ     پھوٚ پھوٚ گری توس زورٕ سأنے

نوٚن دوٚد ترٕ أوی توس ژُکہٕ سانے، بجہٕ منٛز أنی تو ڈۄ ربن کن

ہا پترٕ کوٚری پکی نیری نون

(پترٕ کوٚرکلس پٹھ بجہٕ منٛز سماوار ہیتھ اژان)

ولہٕ پھِر پیالس ژٕے چایا
خانہٕ مالِکہ کوٗر چھکھ شۄبہِ دایا

(پترِ کوٗر پھٕتِس منز سماوار بیٚترِ پتھرِ تھاوان۔ سماوار کڈِتھ چاے پیالن پھِران۔ اکھ پیالہٕ لالہٕ صوفس، بیاکھ دِوتھ تہٕ ترٛیم بابہٕ پرزنس کُن پلوان)

پرزون کامہٕ کوچہِ لگہٕ نس ڈیوٗل، کھوٚن کٕیت تھاوتس بۄڈ بتہٕ لیول کنہٕ پٕتہٕ چھُس گرٛہان وٕنی وٕنی میوٚن، پیوٚمُت کتہِ تام اوس پرٛژھیوٚن

پترِ کوٗر: دِیِ گوش موجی چھُنے شایان یِیتہٕ اکھ اِنسان جذبأتو سان
چاے ژوٚٹ آسنہٕ گرٛژھِ آدمس، تمہٕ ستۍ روزان مُکمل حبس
نتہٕ آلرِٹس جیرِ ٹلان کامہِ کوچہِ کُن نے دِل چھُس لگان

دِوتھ: ہو...... گو ہور پیٚٹھ چھُ وۄتمُت کلامہٕ۔ گو ژٕے چھے اٚمۍ سُند سینوٚمُت......لول!

پترِ کوٗر: کرژھوپہٕ۔ جادے۔ ونان گرٛہان یہٕ زبوٚ پیٚٹھ چھُس یِوان۔

لالہٕ صوفی: ماجہِ کورِ کتھ مسلس سنان۔ وُنہِ چھِہ کٕرتام ڈورانڈ واتناوِنی۔ رٹھ یہٕ پیالہٕ۔ ٹُل یِم بانہٕ تہٕ سماوار۔

(امی وِزِ اژان لسہٕ پنڈِت تہٕ سُبحان صوفی۔ دِوتھ تہٕ پترِ کوٗر نیران)

لسہٕ پنڈِت: آداب عرض کوٚرُم لالہٕ صوفی۔

لالہٕ صوفی: آداب! آداب! از ہوٚوُتھ واریاہ کأل بُتھ۔

لسہٕ پنڈِت: خبر ہُز تھاہ کِنہٕ بے خبرے چھُکھ۔

لالہٕ صوفی: نساہ تہٕ کوسہٕ خبر۔ پوٗرمُت چھُسہٕ چاۓ پاٗٹھی۔ یتھ اخبار آسہا پران۔ وونی وَنتم خبر کیاہ چھےٚ۔

لسہٕ پنڈِت: وارِ بوز۔ اخبارس منز اُس یہِ خبر زِ۔ یتھ سائنس گامس منز بنن وِزِ ٹرن ہِندِ موکھ ہٹ۔ ہٹ یانے سرکارٕی پہرِ۔ تا کہِ ٹوٗرازمس دِن بڑھاوا۔

لالہٕ صوفی: بناٗوِن۔ اسہِ کیاہ فرق پیٚیہٕ۔

لسہٕ پنڈِت: ژٕ کیاہ ساٗوناں۔ یہِ زٔمین، آرم وارِ تہٕ یم گامہٕ مکانہٕ کتہِ روزن؟

لالہٕ صوفی: کیازِ سون زراعت، جاے داد، مکانہٕ، گُٹھار بیٚترِ روزن ناپنہٕ پنہٕ جایہٕ۔

لسہٕ پنڈِت: مُمکِن چھُ سائلم نے کاٗنہہ کاٗنہہ مکانہٕ ما ٹُلناون۔ مگر سرکارٕی معاوضہٕ دِتھ۔

سُبحان صوفی: مون معقول معاوجہِ ترِ مگر آرم واٗر۔ مگر زراعتہٕ زمین تہٕ گرٕ ھِ آسُن۔

لالہٕ صوفی: تیٚلہِ ما گرٕ ھِ اسہِ خانہٕ وُجاٗری۔

پرزون: (اژان) کیازِ؟ توٚہہِ گاٗمکین تگہِ نا سمُت گرُن۔ مکانہٕ جاے، واٗرِ تہٕ دِن نُوِ طرزُک نُوِ تاٗمیر گرِو۔ یہِ خام سپر پہر کوٚت تام پوشہِ۔ ساٗلاٗنی ہِن تہٕ اُسی تہِ بدلاوو کارِ بار تہٕ کرو ترقی۔ واٗنسہِ

تہِ وُمرِ چھا تولہٕ وارس ہیوٚ رتہٕ بون کرُن۔

سُبحان صوفی: ہالالہٕ صوفیا۔ پرٕزنس ہاچھِی کاُڑی صٔئی۔ یہِ ناگوٚ ژھے لیڈر بنُن۔ (ساٗری اَسان)

پرزون: لیڈر نے بنہٕ سرپنچ بنہٕ ضرٗور۔ مگر یہِ جنگل یوٚ دوَے گو صاف یم جانوراتہِ چھِ تِم وسن نابستین کُن۔ کالہٕ پگاہ سہلاب!

لسہٕ پنڈت: تہِ چھُ پوٚز۔ یہوے جنگل اوس ازتام اسہِ کیٚت راحت۔ زیٚن زالُن، شاٗجِر کن، ہند، ہیٚتر سبزی رٔنگو دِوان۔ ییٚیہ وہ پل ہاکھ، کرالہٕ موٗنڈی کوٹھ، کیٚاہ چھنہٕ اسہِ تہِ جنگل دِوان۔ کمہِ چیزٕچ کمی اُس اسہِ۔ مختلف گُلن ہٕنڈی موٗل تہٕ پوٚش اُسی ادویات بناونس استعمال کران۔ ییٚیہ اوس وٕہراُٹھ روٗدِ نِشہِ چھمب وٕستھ یِنس تہِ بچاو کران۔

سُبحان صوفی: دیِھ ساٗ ساٗنِ نصف زندگی ہُنٛد آسرٕ چھُ اُتھی جنگلس پیٹھ۔ اِہ پرانان اوس کانہہ کُل یاوٕستھ آیومکانو موکھ چھُلکرٕ تہِ دِوان۔

لسہٕ پنڈت: مگر یہوے جنگل گوٚ ژھ نہٕ سانہِ وُجارٕگی ہُنٛد سبب بنُن۔ ساٗنِی یِن جنٛگلُک حص ٹلنہِ۔ تِم روزن یہرن منٛز دوٚہس پھیرن تھورن گربن تہِ ٹٹھن پیٹھ۔

پرزون: واہ......واہ......کارٕ بار بڈٕ۔ چنٛدِ چھنبر ژلہِ۔

لالہٕ صوفی: نساہ تہٕ اُسی ہے یٚتِر گامہٕ واٗلی چھِ۔ شئے ہتھ گرٕ واٗلی۔ ستھ ہتھ

چۆلہٕ باہ شتھ وارِتہٕ ڈار۔ أسی کوٚت گژھو۔

لسہٕ پنٛڈِت: معاوضہٕ ترِ نا۔ سرکأرۍ رقم۔ سرکأرۍ میزانہٕ مُطأبِق۔

لالہٕ صوفی: مگر گژھو کوٚت۔ آرمی کار ما گژھِ ختم۔

لسہٕ پنٛڈت: ییٚتہٕ بنن نٔوۍ بازر، نوِ کالونی، تھدۍ مکانہٕ۔

لالہٕ صوفی: أسی ما گژھو روٹی روزی نِشہٕ۔ سوٗن سوٗرے کارٕ بار آرمی ڈٔ ربن پٹھ۔ ییٚلہِ یم روزن تیٚلہِ سبزی، نتہٕ وُ جارٕ گی۔ سأنی آبأدی آرم کارس پٹھ منحصر۔ أسی ما مرو زِنٛدٕ ے۔ شہرِ سرینگرس نکھہٕ یم آرم وارِ آسہٕ تتہِ بنے یہٕ کالونیہٕ۔

لسہٕ پنٛڈِت: پوٚز ووٕنہٕ نے پرزنی۔ اسِ گژھِ یکُت روزُن۔ تیٚلہِ انٛدن مسلہٕ۔ نتہٕ ہِن سہلاب کلہٕ پٹھی کڈِن ژٕھ۔

پرزون: مگر آدم چھُ خام تماہ۔ معاوضہٕ روپین ہُنٛد بوٗ زِتھ دورن أڑۍ بسکین یٔورے پٔن گرِ۔ مکانہٕ تہٕ آرم وارِ کٔنہِ۔ یِتھٕ کُنٛی شہار کھو آرموو کوٚر۔

لالہٕ صوفی: نہٕ ......نہٕ ......نساہ نہٕ۔ بہٕ انکھ سأری آرم ناد دِتھ۔ کأنہہ سبیل پیٚیہِ سوٗنٛچُن۔ سرکارس چھےٚ سرکأرۍ پہرِ بناونہِ بنأوی تن جنگلس منٛز۔ آرمی وار ہن منٛز کیٛاز؟

پرزون: موختصر پھألاوان جنگلس منٛز گنٛد۔ جنگلچ پاکیزگی گژھِ ختم۔ سہہٕ، ہاپتھ وسن بُسی تین کُن۔ شُرہن ِنن ٹُلِتھ۔ دوہے آسہِ ماتم۔ ماز بویہِ

ہنز چیکی اڑِ تمن تہٕ بنن آدمن کھور۔

(یکدم گوٗر اڑان لوٗر نژناوان نژناوان۔ اُمِس پتہٕ پتہٕ مسخرٕ تہٕ کوٚٹ)

گوٗر: ہُشیار۔خبردار۔آدم خور آو جنگلہٕ منز نیرِتھ۔یوٗرکی چھُ پکان۔

(سہہ جامہٕ تہٕ کلہٕ لاگتھ شیر اڑان۔ ہُہ رائے کران تہٕ دم دِوان)

کوٚٹ:(گیوان) سأنہِ وتک ژِتر بژور

مسخرٕ: آدم خور، آدم خور

کوٚٹ: جنگلہٕ نیرتھ آو یور

مسخرٕ: آدم خور، آدم خور

کوٚٹ: پوہل بہر یا کھسُن ثیوٗر

مسخرٕ: ہیتھ گُپن گبہٕ کھول

کوٚٹ: (اورِ یور دوران) لارِ لارے ووتھان شور

مسخرٕ: آدم خور، آدم خور

کوٚٹ: پھألان آلوٗ دگی ژِ ہ پور

مسخرٕ: آبس رلوٗ وگنڈ گی نور

کوٚٹ: بازار واڈک شور ژ و پور

مسخرٕ: آدم خور، آدم خور

کوٚٹ: کری جنگل ژ ور وصاف

مسخرٕ: کوچھِ لژکھ تژ ووٗ کھ ڈاپھ

کوٚٹ: گامن گُٹھن برادیو بڑ ور

مسخٕر: آدم خور، آدم خور

(شرِ وارِ وارِ زاگہِ بیٚہنہٕ پتہٕ مسخرس رٹان تہٕ پٕتھرِس پاوان تہٕ منڈلس کُن اُس ؤہرِتھ روزان۔ مسخٕر کرکہِ دِوان)

مسخٕر: ہا گامکو۔ روٗٹہٕ نَس ہا۔ گُنہٕ کانٛہہ چھوٚنو۔ ہو آرم پور کو آرموو۔ آدم خورن ہا کھیونو گسہٕ نوٚر۔

کوٚٹ: ہاوُس بہوٗ دری۔ ییٚلہِ سہہ پیٚوٚ لُکھ پیٚیی یاد۔

(گوٗرلوٗرِ ژٕنجہِ ستی سہس ژٕلی راوان تہٕ مسخٕر وٕتھان تھوٚدتہٕ تم نیران)

لسہٕ پنڈِت: شُکر صاحبس کُن۔ سیوٚ دُے دزاو۔

سُبحان صوفی: کانٛہہ کوٚرُن نہٕ زخمی۔ بہٕ چھس سونٛچان۔

لالہٕ صوفی: کیاہ سنا؟

سُبحان صوفی: ییٚلہِ جنگلن منز سأ لأنٛ بستی لگہِ پٕژی ہا پتھ ماوس یورکُن۔

لسہٕ پنڈِت: وُن نا۔ یمن تہِ گوٚڈہِ نفسس میلُن۔ نتہٕ بنن آدم خور۔

لالہٕ صوفی: سرکار کرِ نا کانٛہہ تدوُرکھ۔

لسہٕ پنڈِت: سرکارٕ گیہِ واسہٕ کأنٛہ گاسہٕ ناو۔ اکہِ گنڈکھ تُجہِ ستی دزِ گاسہٕ تہِ تہٕ ناو تہٕ۔

سُبحان صوفی: کیاہ سأ چھکھ پنڈتھ ونان! عوامی سرکارٕ گیہِ ناوِد کھیٚس تہٕ امہِ منزٕ کُس اوزار کرِ تہٕ عوامس کرِ زخمیہ نتہٕ یوٚ دوٚے کھوٗر کوٚژُن۔

رێش تہٕ کرِ صاف تہٕ ہٕٹس تہٕ دِیی کھش۔ (سأری اسان)

پرزون: ہے لالہٕ صوفیا! یہٕ آسی سونہرۍ موقہٕ پنہٕ نٕس خام سیرٕ مکانس۔ آرم وارِ تہٕ کرِہلس سرکأرۍ ماوضہٕ رٹن تہٕ بێپس گاس مٔز پوختہٕ مکانہٕ بناوُن أخر دِیی سرکار کُنہٕ جایہٕ زمین بے گرٕ ما کرن۔

لالہٕ صوفی: وُچھ سالسہٕ پنڈِت! خبر کتہٕ زاویہٕ مینگن تہٕ از ہیؤتُن ژیننگن۔ وُنس ژےٚ رکھو یمن معاملن سُٹن۔ آکھ ہوٗرک تہٕ دزاکھ یورک۔ ژٕ نے کُنہٕ تہٕ ژ کلک مأ لِکھ چھکھ۔

پرزون: مےٚ چھےٚ خبر ژٕ مانکھ نہٕ میٚون۔ پڑأنس خیالن ہُند چھکھ نا۔ تُوِ دُنیاہچ ماچھےٚ کینٛہہ خبر۔

لسہٕ پنڈت: ہے وُنہِ نہٕ ییٚنژ کُنہِ نہٕ وۄٗن۔ توہہِ مأکی پوترو کتھ پیٹھ ہیٚوٚ تِہ دنٕد وُ زُن لاگن۔

پروزن: لالہٕ صوفیا! یُس مضمؤن تێلہِ کرے گاسٕ مضمؤن از کرے گا! (سأری حأران)

لالہٕ صوفی: ہے یہٕ کیاہ سأونان۔ ہتا باجہ تہٕ رکھو گو؟

مسخرٕ: ہو...... ہو ہو...... ہتاہ باجیا! تہٕ رکھو گو جو مضمون کل کریگا وہ مضمؤن آج کریگا۔ کُنہِ جماژ تام چھیاہ پۆ رمُت رکنہٕ انگوٹھ خان ہٕتھ چھکھ فارسی بولان۔

باکہٕ پرزون: نہٕ چھم پۆ رمُت نہٕ چھس سکۆ لے زانہہ گوٚمُت۔ بہٕ کیاہ لسہٕ پنڈِت

چھسہٕ؟ میٲنۍ مطلب چھُ چِنہٕ نکھہٕ شۆبان تولچہٕ ہن۔ تہٕ تولچہٕ نکھہٕ شۆبان چِنہٕ ہن۔

مسخرٕ: مطلب چاپہٕ پیالس نکھہٕ شۆبان سماوار واجینٛز تہٕ سماوارس نکھہٕ شۆبان پیالہٕ بردار۔ لالہٕ صوٗفیا کینٛہہ توٗ ریا فِکرٕ۔ ہا...... ہا...... ہا......

(سأری حأران)

لسہٕ پنڈت: (أسان) ہاپہٕ ہاسأ چھُو ونان کیاہ ونے؟ ژٕ ےٚ چھے تہٕ فِکرٕ تران۔ یہٕ چھے ونان مےٚ گو وۄنۍ واریاہ کال گرِ پیٹھ۔ مےٚ گرِو وۄنۍ خانٛدر۔ یہٕ چھسا بےگأری کران۔ مےٚ چھا دوہے بیگأری کرٕنۍ۔

لالہٕ صوفی: اچھا خانٛدر۔ تنہٕ پیٹھہٕ أس لورِ ہٕنز جاے وۄنۍ گیہ کورِ ہٕنز جاے۔

دِوتھ: (اژان) اِدٕ وۄنۍ کیاہ اسہِ گالُن۔ سورُے گو ٹھیک۔ کرِو دوہ مُقرر۔ تہٕ أنو مصالہٕ، وردن بیٚترٕ تہٕ گرِو خانٛدرٕچ تیأری۔

(لسہٕ پنڈت، سُبحان صوفی بیٚترٕ پتھ پاسہٕ یِوان تہٕ مسخرٕ تہٕ کوٗٹ انٛدر اژان۔ نژان تہٕ گیوان۔ سورنے وأکی ساتھ دِوان)

مسخرٕ: دوہ کیاہ بنیو ےآرمی کورے   کولہِ آبہٕ ستی سگہٕ وُم ڈٗورے!

کوٗٹ: قاضی باغہٕ کس رحمان کٲنس   یٚڈٕ دادِ ستی انٛدر رم پھٹس

مسخرٕ: نالان چھے زالا پوٗرے   دوہ کیاہ بنیو ےآرمی کوٗرے!

کوٗٹ: جان پور کس جانانس   کولہِ منز کلہٕ گوس زمینٛس

مسخرٕ: ژٕ ونٛز پہوس تۄٚ ژوٹ پورے   دوہ کیاہ بنیو ےآرمی کوٗرے!

کوٗ ٹ: گلوان پورِکس گُری گلوانس کلہٕ گلوان وژاومنز مأدأنس

مسخرٕ: ٹگرٕ گری ہأس امہٕ چھانہٕ تورے، دود کیاہ بٔنیوے آرمی کوٗرے!

کوٗ ٹ: ہے ہمسایو، گرٕ والیو، انیوٗن سا ماہراز، سومبرأ ویوکھ سأ سالرٕ۔ ہے لالہٕ صوفیا! وازس کرسأ آلو بتہٕ رنہٕ وُربل سالرن کیٖت۔

(کلہٕ اژان آرم کوٗر نژنہٕ دِوتھ تہٕ باقی آرم کوٗرِ تہٕ گوان تہٕ نژان)

آرم کوٗر: آرم کوٗرِ روبے ئینم ہاکہٕ وٗتھر تژ ے.....۲

دِوتھ: کیٖنٛہہ نے کوٗری کیٖنٛہہ نۓ کوٗری تم تے واتن مے

آرم کوٗر: آرم کارس لوٗر روزُن سگہٕ ناوِنی ڈوٗری

دِوتھ: مأدِلس ماجہِ اتھہِ شیٖہلا وأژس نِشی بیٛہہ

آرم کوٗر: ہِکٹاہ مِکٹاہ یکجاہ گِندِتھ بُڈ راوِنی مامے

کورِ: کھاندرٕ پتے پیٖنے مُشی لوکچارُک شرٛ یٛہہ

کوٹ: ہتہٕ بی دِوژ بٛینی انگھ ہمسایہِ آرمینز بابہِ سوٗمبرِتھ تہٕ کُرِو مأنزِ ون وُن شوٗ روٗ۔

مسخرٕ: گو خاندر شوٗ روٗ۔لاٗ گو لاٗ گو ونہٕ وُن تہٕ انیوٗن ماہراز ماہریٛنی۔ دِسأ قأضس آلو تہٕ نی نکاح پُرتھ تہٕ أسی تہٕ گوھو ہیوٗر گام جشنہٕ

گِنڈ نہٕ۔

(کورِ تہٕ دِوتھ ونہٕ وان)

مائنزے ڈُلی سے سونہٕ سُنڈی کرِ یے
چھاؤن یژھنے یمبر زلی یے
مس پأراوِ یے پیٚتے چھی سأری
لالہٕ صوفی چھوٚ ے باپأری یے
پرزن لالونیرِ پأرأوِتھ
انڈ وٚنڈ کأم چھےٚ تولہٕ وأرِس
شوٗ مار گری زِ ے رِونہٕ تہٕ ٹو ہنگر ہن
آرم کارس کأم یہٕ ژھے
سُبحان چاچو مولوی اَن تَن
نِکاح نامہٕ لیکھِ ہے سونہٕ قلمے
(ماہراز، ماہرینٛز، مولوی تہٕ سالری نکاح مایم کران ہاوان)
(یہٕ پأٹھر چھُ گونہٕ تہٕ نژنہٕ ستی اَنڈ واتان۔)

کرِ مےٚ پوشن گونڈرے ہایارِ چانے لولرے
سُے زلنہٕ یَس مانے تژے ہایارِ چانے لولرے!!
دوپ آرِ ولہٕ سوٗن مےٚ یارِ دوٚد مسوٗل دپان کُمی کوٚریہٕ جود
ہی وسۆ رتِل مانچھ تُلرے ہایارِ چانے لولرے!!

گوڑٔ نبتھ بید مُشکُے پھولان     پتے بادام آ ودوان
گیہِ ٹیکہٕ بٹنے بامبرے     ہایارٕ چانے لولرے!!
سومبُل پوشن یمبر زلے     کوٚژ گلہٕ ٹوٗرہو تام کلے
وِرِکیٚمی وُچھم کران درے     ہایارٕ چانے لولرے!!

☆☆☆

# جأدی گر

## (اکھ طنزیہ ناٹک)

کردار:

۱۔ داستان گو

۲۔ لُکھ

۳۔ زِ جوان لڑکہٕ

۴۔ لُکھ۔ اکھ۔ زِ۔ ترٛے۔ ژور۔ پأنٛژھ (آوازٕ)

۵۔ چوٗکی در

۶۔ سخاوت شاہ عرف نمبر نمبر شاہ

۷۔ کامگار وُزیر

۸۔ جأدی گر

۹۔ قلنٛدر

۱۰۔ سادھ

۱۱۔ جأدی گر بأے

۱۲۔ جأدی گرُن لڑکہٕ

۱۳۔ سپاہ۔ اکھ۔ زِ تہٕ ترٛے

(سوُرے سٹیج چھُ خاألی۔ پردٕ وُتھِتھ چھُ ہیرِ مہِ پاسہٕ داستان گو اژان۔ تھزٕ کلاہ۔ جامن پیٹھ کھُلہٕ ڈُلہٕ چوغہٕ لاگِتھ تہٕ شانَن پیٹھ جاموار شال، سُنٛز نظر ولگن وُچھان۔ باسان چھُ زنتہٕ چھُ حبسہٕ وبسر یومُت۔ ژو پور نظر تژ اُوِتھ سے منٛز سٹیجس وأتتھ ونان)

داستان گو: توہہِ ساأرِنے مہربانن، قدردانن تہٕ فن شناسن سلام۔ توہی رُوٗزِو سلامت کھیل، تماشہِ گنٛڈُن تہٕ روزِ سلامت۔ فنکو زاُوی جارو سوٚس گنٛدن گری ہاوِنی تہٕ داستان رنٛگ نیٚشناونہٕ موکھ کرو اُسی تمثیل شوٗرُوٗ۔ ہاں...... ہاں......گستام چھُ کیٛا ہتام پُرژھان......

(وُچھان) ٹاٹھو ووٚنی کتہِ رُوٗدسہٕ پرٛون زمانہٕ یٚیلہِ لُکھ شوقہٕ سان اُسی بوزان داستان۔ ووٚنی چھُ سُہ وق آمُت زِ یُسی سلام چھِ کران سُے چھُ بجہِ نظرِ وُچھان تہٕ ونان چوغل کھور۔ یٔیہٕ چھُ کران بدنام۔ تہٕ چھُ کانٛہہ گتہٕ کارتہٕ گتہِ رنٛبن ہُنٛد نرٛوُن وُچھتھ خوش گژھان۔ کرو کیٛاہ۔ وق آو بےمیل۔ (وارِ وارِ لوتہٕ لوتہِ ونان) کیٛاہ ونوٕ کتھِ نےَ فاش گژھِ۔ کانٛہہ گژھِ نہٕ بوزُن۔ ازکل یم سرکأری مُلازِم چھِناہ سبٹھاہ لاپراوہ۔ ساأری بنےٚ اٚتی بہانہٕ باز۔ آلژھی، زِو بدلاوَن وأری۔ صُبحہٕ پیٹھِ شام تام کنس ستی آسان لاگِتھ موبایل۔ (امی وِزِ تسُند موبایل رِنٛگ دِوان) اہن!...... (چنٛدِ منٛز موبایل کڈان) ہیلو! ہیلو! کم چھِوٕ؟ سلام

جناب! سلام! بس ہیوٚتھن شوٚر رٚو سپدٚن۔ ٹلی کہِ مےٚ گرٚ سٹنچس پٮ۪ٹھ پزٚاوٚشِن۔ توٚہۍ پیِو جلدی۔ مہمان خصوصی صأب جلد پیوِ وأتِتھ۔ بہٕ...... بہٕ...... کیاہ...... نہٕ ژھنڈِ خوش آمدید کرٚن۔ توہہِ پوشہِ گونٛد پلناوٚن۔ گوٚژھ نہٕ مشتھ گژھن۔ کانٛہہ گوٚژھ نہٕ رِزِرو Reserve کرٚسی پٮ۪ٹھ بہن۔ کیاہ...... ہیلو!...... ہیلو!! (موبایِل بنٛد کران) قدردانو، مہربانو! یُہٕ زِ و مہمانہِ خصوٗصی تہِ تِمن نہٕ ووٚنی۔ بہانہٕ باز! ٹلی کہِ کرِنوٚن پرٕ ٹنٛلنس ژیر۔ ووٚنی ؤنی تو توٚہی۔ سرکار کِتھۍ کنٛز پکہِ۔ وقتُک قدردان کتہِ روٗدی! سرکأری کارِنٛد دفترن منٛز سُلہِ ژیر تام چوان چایہِ۔ کٔمن پٮ۪ٹھ تھوان موبایِل تہٕ کران روزان گپ شپ! یُہٕ دوٚے کینٛہہ پرٕ ژھوکھ شرارت چھُکھ کھسان تہٕ ونان یُہٕ شٹ اَپ! قدردانو! ووٚنی چھُ پٔتن یزتھ پانہٕ رٹھن۔ بہرحال مٔتہِ ہیٚتھن داستان گوِیِ ہندی تسلاہ گوٚژھنی۔ ؤلو پٔننہِ وأتسہِ منٛز بوزناوو بہٕ توٚہۍ داستان۔ نہٕ...... نہٕ...... یُہٕ زِ و تہٕ وُچھو۔ داستان رنٛگ! وُچھِو تہٕ یُہٕ زِو۔

داستان گو: شہارا اکھ اوس جم جم ناوٚک
دہ یواندو أسس بٔڈی سمنٛدر
ووترٕ کنٛز أسس تھٔدی تھٔدی بال
راج اوس کران تتہِ نامی بادشاہ

سخاوت شاہ اوُسس ناو

یِزتہٕ سان اٗسس رِعایا ونان

سخاوت شاہ جہان پناہ!

(سٕہ چھُ نمان نمان سلام کران تہٕ سٹیجہِ کِس بژوٗتھِس پاسس کوٗنس پیٹھ چوکہِ پیٹھ واتان) عالم پناہ۔ جہان پناہ! عالم پناہ جہاں پناہ!

ستھ اٗسی تہٕندی وٗزیر سلاح کار

ژِھی اٗسی زِ چلاوان سرکار

بچوٗر نامدار اوس آلرٕ ھک شِکار

کلس پیٹھ اوُسس بڑِ کوٹُمبک بار

پرٛتھ وِزِ یُس روزان اوٗس ہُشیار

خبردار، تس اٗسی ونان وٗزیر کامگار

بچاٗری لُکھ کارِ بارس منز روزان مست

سرکاٗری مُلاٗزِم تِتھی چالاکھ رُشوت کھوریِ منز مدمست

عوام اوس پہنہٕ یِوان ءکتی بدقسمت

توتہِ اوس پکان نِظام جم جم شہاٗرک

پوٚز زووِنہٕ مو، پکان اوس نظام ساٗرِی کھوان چوان

(امی وِزِ پِسِ پرٕدِ آواز گژھان۔ خبردار، ژٕلی وو، آفت ہوآیہٕ وو۔

زنتہٕ پیٚیہٕ آپہٕ ترٛٹھ۔ ہُشیار، خبردار، ڈٕلی ووڈٕلی وو......)

داستان گو: ہوشیار۔ (Level س پیٹھ کھسان۔ ووہٕ دِنی رٕژ زِتھ ونان) ہے

حبہٕ پھیرِ و۔ بیدار سپدِ و۔ ہوشیار۔

(عوام، بُڈٕ، جوان، مرٕد، شُری گھبراہٹہٕ سان اژان۔ اورٕ یور کران)

لُکھ: ڈٕلی وو۔ آیہٕ وو۔ بلاے ہو بلاے۔

جوان: اور ناپوٚ رہا۔ یوٚ رنا ہو رہا۔ کور گرٛھو۔ کتہٕ دِموژ چھُپھ۔

داستان گو: ڈٕلی وو۔ ڈٕلی وو۔ جم جم شہارس متے ہٕش بلاے۔ عُجیب آفت،

نُوٕے بلاے۔ اور ینٛتھ آفت۔ کو وٕتچ بلاے۔

لُکھ: ہاے...... ہاے...... مارٕ ما گرٛھو۔ کوٚت گرٛھو۔ گرٕ بار ترٛاُوِتھ۔

شُری مُری ہیتھ کوٚت گرٛھو؟ مارٕ گرٛھو! بس مارٕ گرٛھو!!

لُکھ: ڈٕلی وو۔ ژوٕ رِرٕ زِوو۔ ژٕھپھ دِتھ رٕژ زِو۔

داستان گو: کمہٕ تام بلایہٕ چھُ جم جم شہارس گیرٕ کوٚرمُت۔

(لُوکن ہٕنٛز بھاگم بھاگ جاٗری مگر ربطس تہٕ سلیقس تحت)

زنتہٕ چھُ یُپ بُٹھی بیرٕ ڈٕتھ گامن تہٕ نین ژامُت ساٗری چھِہ نبٛد رِ

انتظاٗمی۔ راٗچھی راول۔ پہرٕ دار تہٕ سپاہ۔ منتظم۔ اعلاحاٗکم۔ فوج تہٕ

سربراہ کاٗنہہ نہٕ حاٗظر۔

لُکھ: کیٛاہ کرو اُسی ما گرٛھو مارٕ۔ ہاے...... واے...... ہاے......

ہاے......

داستان گو: جم جم شہارس متے مُو بلاے

نہ کائسہِ اتاہ نہ کائسہِ پتاہ

مست چھِ حاٗکم پئیہِ منتظم

کھوان فتح متیٗن بتاہ!!

ہے لۄکو! پٔنن چارٕ کٔرِو۔ کیاز مٔرِو ہنگتہِ منگہِ۔ پانہٕ کٔرِو پٔنن بچاو۔

نتہٕ کٔرِو سخاوت شاہس فٔریاد!

لُکھ: (گول دأیرس منز) فٔریاد اے حاٗکم فٔریاد

بادشاہ سخاوت شاہ فٔریاد! فٔریاد (ہناہ خاموشی)

داستان گو: کٔنن کأرِتھ ناگ بٔرِتھ سرکار

لۄکن ہنز فٔریاد بوزنس انکارے اِنکار!!

لُکھ آواز ۱: ہے سخاوت شاہ بوز سأنی فٔریاد

آواز ۲: ریژہٕ ہندی رُکن چھِ اکہِ اکہِ مران

آواز ۳: آفت پھٔے متے ہو۔ سو کریوٗن مسمار

آواز ۴: ریژہٕ ہنز رأچھی بادشاہ ہنز ذِمہٕ وأری

آفت نش موکلاو نتہٕ روزِ جم جم شہمار لاشن ہُند امبار!

(رژھ کھنڈ خاموشی لۄکن منز تشویش تہٕ دٔہشت)

آواز ۱: سخاوت شاہ رأچھی راوٹ ہنز کٔرِو تدبیر (ڈھولچ سٔت آواز)

داستان گو: ہے ہناہ کٔرِو خاموشی۔ بادشاہ سندِ محل خانہٕ پیٹھ چھُ گُستام یٔو رکھ

پِوان۔ (نگارِ وایان وایان چھُ چوٗکدر اژان)

خوش آمدید۔ زریو بوز بہٕ وٕہرِ بڈشاہ موٗد!

چوٗکدر: خاموش۔ خاموش! بادشاہ سلامت شاہ تہٕ وٕزیر کامگار چھِ خاص نیامتھ حلوا افروز نوش فرماوان۔ (نگارس ژٕنڈ)

لُکھ آواز ا: افسوٗس صدا افسوٗس! حلوا افروز چھا نوش فرماوان!

آواز ۲: ترامہِ منز چھا کھوان یِنہٕ کینژِ کھأیِس منز!!

آواز ۳: گوپھ اُزِتھ کھوان یِنہٕ یوٗنہِ ہنٛدِس تہرس کھٔسِتھ۔

آواز ۴: ضیافت حلوا افروز روزنیا کھوان یِنہٕ سانہِ رأچھی ہُنٛد اِنظتام تہٕ کرِ۔

آواز ۵: اسہِ چھنہٕ زِنٛدٕگأنی منز یِتھ ضیافت حلوا افروز زانہہ کھےمژ۔ ووٕنی کھیٚیہِ سأنی مازٕلِش تأنی ادر نبٕٹھ آفت۔

داستان گو: ہے لوٗکو! ہمتھ نہٕ ہارِنی۔ بیٚیہِ کرِو فرٕیاد۔

لُکھ آواز: فٔریاد بادشاہ سخاوت شاہ! فٔریاد!!

آواز: عالم پناہ! فٔریاد......فٔریاد......

(لُکھ چھِ اٚکِس داریں منز کوٗٹھن پٹھ بیٚہان تہٕ نرِ تُلی تُلی تھدِ ونان)

فٔریاد عالم پناہ۔ فٔریاد! فٔریاد عالم پناہ فٔریاد۔

چوٗکدر: (بیٚیہِ نگارس ژٕنڈ دِتھ ونان) بادشاہ سخاوت شاہ تہٕ وٕزیر کامگار چھِ ضیافت حلوا افروز کھٮ۪تھ ننٛدرِ پے متی۔ نبتہٕ سوٚتھ گأمتی۔ تم

ننٛد رِوُزٕ ناوٕنچ چھِ سخت مناہی۔

(لُکھ نرِ اسمانس کُن ٹلان پتہٕ پتھٕرِس ژنجہِ کڈان)

لُکھ: واویلا ہے واویلا۔ ہاے۔ ہاے واویلا۔ واویلا ہے واویلا!

آواز ۱: واے۔ سأرے رٕیت گرٛھیا مارٕ۔ موصوٗم شُری گوٗھنہٕ مارٕ۔ یہِ آفت کریا سارِنٕے اڈٕ مارتہٕ بادشاہ روزِیاہ ننٛدری۔

لُکھ: واویلا ہاے واویلا۔ واویلا ہاے واویلا!!

داستان گو: افسوٗس۔ صد افسوٗس۔ لۄکو! ییٚلہِ سرکار سوتہِ۔ تیٚلہِ گیہِ ژٕنٛز رأچھی پانہٕ کرِنٕی۔

لُکھ آواز ۱: چھا کأنٛسہِ تدبیر۔ بچاوٕنچ راے تدبیر۔ حفاظتٕ ہُنٛد پاے۔

داستان گو: ییٚمِس یُس ہتھی یار گرِسہ کڈِ وٕتی۔

آواز ۲: اسِہ کم ہتھی یار۔ ڈٕس ڈنٛڈٕ تبر تہٕ مکٕژ۔

لُکھ آواز ۳: سمبلہٕ تہِ لِونہِ۔ ٹوٗنگری تہٕ دُکأژ۔

داستان گو: تہٕے نکھس پٹھ ہتھ گرِو بلایہِ لار۔ وۄتھو! ہمتھ مہٕ ہأرِو۔

آواز ۴: بلایہِ گرٛھیا شِناخت سپدِنٕی کِنہٕ نہٕ۔

داستان گو: حق تہٕ پۆز۔ ژٕنٛی نیرِ تیٚلہِ ییٚلہِ رٹنہِ یِی۔ پٕکو ژٕنٛز رأچھی پانہٕ کرو۔

لُکھ آواز ۱: ٹھہرِو گوڈٕ گرِو پتٕی مہِ لٹہِ فری یاد۔

آواز ۲: آ۔ بِلکُل صحیٖح۔ پتٕی مہِ لٹہِ کرو فری یاد۔

لُکھ: فری یاد ہے فری یاد۔ سخاوت شاہ عالم پناہ۔ فری یاد ہے فری یاد!

آواز ا: اِیرکنڈِشن کمرٕ نبر نیرتہٕ بوز سأنی فٔریاد۔

لُکھ: فٔریاد ہے فٔریاد۔ بادشاہ سخاوت فٔریاد۔

داستان گو: ہے لۄکو تھوٚ دۄتھو۔ گبوان گبوان کٔرِو فٔریاد۔

لُکھ: (واویلا کران گبوان تہٕ نژان)

آلو دِوان اَسہِ کھوٚر پھینہٕ — بادشاہ ہأنہٕ کیتو چھُکھ

وایوو گرٕ رِکنہٕ وایوے ٹینہٕ — بادشاہأنہٕ کتیو چھُکھ

اسمأنی بلاے آپہٕ سنگینہٕ — جم جم شہمارس و لنے آیہِ

ژھیبھ دِتھ بیوٚ ڈھکھ روٚنتھ کینہٕ — بادشاہأنہٕ کتیو چھُکھ

بیدار گرِٕھتو چأرِتھ سینہٕ — سلاح پأرِتھ نیر ۄلی ۄلی

گری چھُکھ رِکنہٕ چھُکھ سأچینہٕ — بادشاہأنہٕ کتیو چھُکھ

(زنتہٕ وبدا کھ دِوان)

بادشاہأنہٕ کیتو چھُکھ — بادشاہأنہٕ کتیو چھُکھ !!!

چۄکِدر: (نگارس ژٔنڈ دِتھ) خاموش! خاموش! بادشاہ عالم پناہ سخاوت شاہ تہٕ تہٕندی ۄزیرٕ کامگار چھِ جلوا افروز سپدان! ۄتھِو تہٕند استقبال کٔرِو۔

لُکھ آوازٕ: خوش آمدید! خوش آمدید!! عالم پناہ سخاوت شاہ خوش آمدید۔

(چۄکِدر نگارس ژٔنڈ دِوان تہٕ بمتھ سلام کران کران نیران)

سخاوت: ۄزیرٕ کامگار! سأنہِ رِیژ کیاہ سنا فٔریاد چھُ؟

کامگار: بادشاہ سلامت! سائنس مُلکس تہٕ جم جم شارس چھےٚ متے ہمٕژ بلاے۔ یِیمہٕ ریتھ ہیٚژ مارٕ کرِنی۔

سخاوت: ژٕ کیٛاہ بکان۔ کوسہٕ آفت؟ ناوچھس نا۔ کتہٕ آیہٕ۔ کُٹی وُچھی۔ کیٛاہ کران کراوان۔ کُس نوقصان کوٚرُن؟ کتہٕ چھِ ژھپھ دِتھ ژوٚرِ؟

لُکھ آواز ا: بادشاہم! حأکم ہے ہُشی یار آسہٕ۔ بزی لُکن ہُند ژُک در آسہٕ تیٚلہٕ کیٛا زِیِ نہٕ تس سو بلاے اتھ یوسہٕ عوامس مارٕ آسہٕ کران!

آواز۲: لۄکن ہنٛز حفاظت چھِ سرکارچ ذِمہٕ وأری!

آواز۳: یہٕ آفت چھےٚ شُربن رکھو بڈٕبن اڈٕ مور کرِتھ ترٛاوان تہٕ غأب گژھان۔

لُکھ: رِعایا چھِ مارٕ گژھان۔ مُصیبت زِدٕ۔ دوہدِش ماتم کران۔

کامگار: بادشاہ جہان پناہ۔ یہٕ آفت کوسہٕ بلاے چھِ۔ کأنٛسہٕ کر نہٕ ہمٕژ شناخت۔ پولیس، فوج، کأنٛسہٕ لُج نہٕ اتھِ۔ أسی گیہٕ شاید ناکام۔

لُکھ آواز ا: کیٛاہ کرو؟ مارٕ گژھو۔ مارٕ گژھو!

آواز۲: کیٛاہ کرو...... ماتم کرو...... وچھ ژٹو۔ زِنٛدٕ ے دِزِو۔ کِنہٕ کولہٕ ترٛاوو پان!

سخاوت: حأرأنی! حأرتھ کُن مسلہٕ۔ ناکام ما گژھِو۔ مسلہٕ سِٹھاہ پیچیدہ۔

کامگار: کاش کانٛہہ کرِ ہے اُمس بلایہِ بنٛد۔ اتھِ یِی ہے۔ رٹنہٕ یِی ہے۔ ساٗری کھوژان گرن منٛز کھتبن منٛز ژۄ ر روزان۔ اتھِ یِی ہے تدوٗرکھ کرہوس۔

لُکھ آواز۳: اُسی کیٛاہ کرو؟ زِنٛدے مرو۔ یہِ آفت چھےٚ تھزن منٛدوربن ڈُبہٕ ڈاس کران۔

سخاوت: کامگار۔ سون محل خانہٕ چھا محفوٗظ؟

کامگار: بلکُل محفوٗظ۔ ستھ بٹالن فوج چھِ تتھ باٗتھی یاررأچھی کران۔

سخاوت: اُسی چھِ رِعایایہِ مشورٕ دِوان تمِ اُسن شب بیداٗری کران۔ راتھ کیٛت اُسن مشالہِ زاٗلِتھ رأچھی کران۔ آفت ننہِ راوٕنٛ ن۔ پرٛزِناوٕنٛ ن۔ حاضِر کرِنٛ ن۔ تِھ دِتھ رٹِنٛ ن۔ ینامہِ کرِو حاصِل۔ ڈوڈ عرب روپیہ۔

لُکھ: ڈوڈ عرب روپیہ۔ ڈوڈ عرب روپیہ!!

آواز۱: تیٛلہِ کیٛاہ گیوٚ ییٛلہِ کانٛہہ ننہِ راویس۔ لوکٹس بڈٕس اڑ مور کرِتھ غاٗب گوھان۔

آواز۲: ہسپتال آیہِ برِتھ۔ دوادارو ختم۔ کانٛہہ تدبیر کرِو۔

سخاوت: تعاجب چھُ۔ کامگار وُزیر۔ کانٛہہ تدبیر تدورق چھُنا یہِ مسلہٕ حل کرنٕک؟ فوج، سپاہ، پولیس، ہوم گارڈ یم چھِناہ ژےٚ ماتحت؟

کامگار: بادشاہ عالم پناہ۔ ساٗری چھِ ہاٗرِتھ پشیمان۔ یہِ چھےٚ قودرتی

آفت۔خونی آفت کأنسہِ چھنہٕ اتھ یوان؟

سخاوت: (شرارتھ) کیاہ؟ أسی مانو اہار۔اتھ تزؠ پرتھ بٕہمو و۔کانہہ نجومی، جوتشی، دانا، حکیم، شائستہٕ بُزرگ۔کوئی کچھ نہیں کہتا۔

کامگار: بادشاہ عالم پناہ۔سأری چھِ حأران تہٕ پریشان۔اسہِ کوٚر ہمسایہِ مُلکن تہٕ اِمدادمنگنُک استدعا۔مگر حاصِل آونہٕ کینٛہہ۔

سخاوت: معاملہٕ چھُ گھمبیر۔ؤنو لوٗکن گرن گژھُن۔پنٛنۍ حفاظت پانہٕ کرِنۍ۔یہِ بنہٕ وُن آسہِ تتھ کُس ہکہِ روٗٹ کٔرِتھ۔یکو أسی کرو پانہٕ ؤنۍ مشورٕ۔

لُکھ آواز ا: ہے لوٗکو!ؤلِو مندرن تہٕ مسجدن منٛز کرو دُعا تہٕ پوٗزا پاٹھ۔

آواز۲: مُمکِن چھُ سأنۍ دُعا گژھِ قبوٗل۔یکو۔(لُکھ نیران)

سخاوت: کامگار ؤزیر!رِعایا چھِ خوفس منٛز مُبتلا۔أسی ما پٛیٹھی مو چھ ؤنٛتھ گرن منٛز۔کانہہ تدبیر، ترکیب سوٗنچ۔بلایہِ پیٛیہِ تدوٗرکھ کرُن۔

کامگار: جہاں پناہ!یہِ بلاے چھِ جنگلن منٛز جانوٗرن لارکران۔گُلہن مؤلہِ کڈان۔تہٕ جم جم شہارس منٛز شُری۔کہو بڈۍ اڈٕ مأرِتھ تزٕ أوتھ غأب گژھان۔

سخاوت: بوزُم...... بوٗزُم...... سوال چھُ تدوٗرکھ کرنُک۔بلایہِ نِش رِعایا بچاوٕنۍ۔

کامگار: صٔحی فرموو جہاں پناہ۔

سخاوت: باقی وُزیر۔ فوجکۍ سربراہ۔ کوٹوال۔ کیاہ مشورٕ دِوان۔ تہنٛز راے کیاہ چھےٚ۔

کامگار: بادشاہ سلامت بجہٕ، بلایہٕ بدِ کڈنس منٛز ساری ناکام۔ جم جم شہار چھُ محفوٗظ۔ گرن منٛز چھےٚ ماتم سرے۔ اندیشہٕ چھُ ہیفہٕ گوٚ ژھ نہٕ پھالُن۔

سخاوت: یا خُدا۔ حالاتِ بے قابوٗ۔ ون کانٛہہ پیر، فقیر، ملنگ، سادھ سنت تہٕ چھِناہ اتھ بلایہٕ پوشان۔ کانٛسہٕ نِش چھناہ حل۔

کامگار: بے ادبی معاف جہاں پناہ! خاٗلِص چھُ اکھ جاٗدی گریُس ونان چھُ سُے اوٗت ہکہٕ امہٕ بجہٕ بلایہٕ نِش نجات دِلاٗوِتھ۔

سخاوت: (اسان) ہا...... ہا...... ہا......فوج، پولیس، ناکام تہٕ ووٗنی ہکیاہ جاٗدی گر کاٗم انٛزراٗوِتھ۔

کامگار: بادشاہم۔ ازماوون۔ ییلہٕ ساریے مُلکس منٛز پارے گر ییلہٕ سوٗز گٔیہٕ شیٚچھ زِ خاٗلِص سُے اوت ہکہٕ امہٕ بلایہٕ نِش بچاٗوِتھ۔

سخاوت: اچھا۔ تیٚلہٕ کتھ پیٹھ ژیر گرُن۔ انیٚون بُلاوِتھ۔ یہٕ منگہٕ تہٕ دموس ینامہٕ۔ مگر ئیتھ گوٗڈے امہٕ بلایہٕ نِش آزاد گوٚژھنہٕ۔ رِعایا آسہٕ سلامت بادشاہ تہٕ آسہٕ سلامت۔

کامگار: جہاں پناہ۔ تس سوٗزا سہٕ شیٚچھی کرتام۔ پکان آسہٕ۔

سخاوت: واہ......واہ......چانِس کامس پیٹھ چھُ مےٚ فخر۔ ناز۔ آفرین۔

کامگار: ؤچھو جہاں پناہ۔ پکان چھُ۔ گنے چھُنہٕ۔ زنانہٕ تہٕ نچوٗ تہٕ چھُس ستی۔ پوٗر کوٹھہ۔

سخاوت: واہ......واہ!!

جأدی گر: سلام! بادشاہ سلامت سلام! (زنانہٕ تہٕ نچوٗ تہٕ سلام کران)

عالم پناہ! گرِو حُکم بہٕ کیاہ زِ آس طلب کرنہٕ؟

سخاوت شاہ: اے جادوٗ گر۔ اسہِ چھِ تُہندی سبٹھاہ سبٹھاہ تأریف بوٗزی متی۔

کامگار: جہاں پناہ۔ یِم چھِ تجربہٕ کار۔ با اعتبار۔ کارنامہٕ انجام لنہٕ نس منز مددگار۔ لہٰذا اے جادوٗ گرژ نے چھےٚ اکھ بڈ کام نکھٕ وا لنی۔

جأدی گر: اعتبار گوٚ ھ جأدی گر سنزِ جادوٗ گری پیٹھ آسنی۔ ؤنو کوسہٕ کأم چھِ؟

کامگار: جادوٗ گر۔ سأنِس جم جم شہارس چھِ نامعلوم بے شناخت آفت متے ہوٚ۔ سو چھےٚ لوٗکن اکہِ اکہِ اڈمور گرِتھ تڑ اوان۔ سو چھےٚ قوبوٗ کرِنی۔ مارِ کرِنی۔ ون ژٕ ہیکہٕ کھاہ گرِتھ۔

سخاوت: آ۔ ؤنو توٗہی سپِد و مددگار۔

(امی وِزِ دوٚن اتھن منز بوٚڈ چمٹہٕ وایان کلہٕ نلہٕ کرٕ ہنی پلو لأ رگتھ قلندر راژان)

قلندر: بادشاہ سخاوت شاہ عالم پناہ۔ یہٕ جأدی گر کیاہ کرِ یہٕ کرتہٕ کرِ یہٕ قلندر کرِ کرامات۔ مُکمل کرامات۔ عجب کرامات۔ یِسنٕدِس اتھس منز بنٔد آسن ستھ سمندر۔ سٕے چھُس یہٕ چُمٹہٕ وول قلندر ہر۔ر۔ر۔

کامگار: اے مست قلندر۔ جم جم شہارٕچ رِعایا چھےٚ مُصیبتس منز مُبتلا۔ ژٕ ہیکہٕ ہأنہٕ سو مُصیبتہٕ نِش آزاد کٔرِتھ۔

قلندر: (کلس اور یور دِنَن کران) قلندر سنز مو چھِ منز بَند پرٕتھ مُصیبتُک ہتھ فی صد یلاج۔ ہاوو ییٚمہٕ چمٹُک کمال۔ پُر جمال۔ (چمٹہٕ وایان) کرشمہٕ...... کرشمہٕ!!

(امی وِزِ بییہٕ طرفہٕ زیوٗٹھ ریٚش تہٕ جٹہٕ ترٔ اُوِتھ سادھو اژان۔ شنکھ وایان۔ تِہنٛدِس دوٚیمِس اتھس کیتھ چھِ اکھ کمنڈل)

سادھ: پاکھنڈ۔ گور پاکھنڈ۔ کیٛاہ کرشمہٕ ہاوِ۔ اسہِ چھِ ژھنڈ ؠتی۔ ژوشوے دھرم دھام۔ ستھ سمندر۔ بال تہٕ جنگل۔ اِد چھُ پرٕوومُت گیٛان۔ أچھ وٕٹتھ ونہٕ منس منز گُپتھ یرٕ ھاین ہُند پھل۔ أچھن دوٚرِ پرٕیمی زنَن ستی کرسپدِ مِلن۔ بس دھیٛان کرُن تہٕ کلس دِنی اکھ گلن۔ بم بم بولے......

سخاوت: اے مست قلندر...... اے سوامی جی مہاراج! کیٛاہ توہی ہیکِو جم جم شہار آفت نِش آزاد کٔرِتھ۔ یُتھ رِعایا سوکھ تہٕ آرام واپس پرٛاوِ؟

قلندر: پرٕتھ کرامات۔ موجزٕ کرُن گٔیہِ میٛأنی کأم۔ ہُنہہ۔ ہُنہہ۔ ہُنہہ۔ ہُنہہ۔

سادھو: ژمتکار کرُن گٔیہِ سادن سنتن ہنٛز کأم۔ پتھ کال تہِ کٔری ؠتی از تہٕ کران تہٕ آینٛدٕ تہِ روزو کران۔ بم بم بولے!

قلنٛدر: کیٚاہ ژمتکار کرِ۔ کرامات کرٕنی یہِ چمٹہٕ وأتِتھ آفت کرٕنی بے ہوش۔ کلہٕ نومرأوِتھ کرن حأضر تہٕنٛد بن کھورن تل تژاوٕنی مدہوش!

(چُمٹہٕ وایان تہٕ کلہٕ گلوان) ہُنہہ ...... ہُنہہ ...... ہُنہہ ......

سادھو: ہو۔ سبٹھاہ کرٕ ودھی چھُ باسان! ہوفقیرا! گوڑ پرپنٕنہٕ ڈلکچہٕ رکھٕ تہٕ کر حأصِل تژن وقتن ہُنٛد گیان۔ وُنہِ چھُ لوٚکن سادھ ہِنٛدِس ژمتکارس پٹھ پژھ۔ بم...... بم...... بولے......

قلنٛدر: (وچھی تژ کرأوِتھ) ہُنہہ ...... ہُنہہ ...... ہُنہہ ......

سادھو: بم...... بم...... بولے...... بم...... بم...... بولے......

جأدی گر: جہاں پناہ! توٚہہِ بوٗزِ ودٕشوٗنی ہُنٛد بکواس۔ کوٗتاہ دم چھِ دِوان۔ اکھ کرِ کرامات بیٚا کھ کرِ چمتکار۔ کُس کرِ یمن پٹھ وِشواس۔ بہٕ ہاووٕنٛز جأدی گری ہُنٛد اکھ نموٗنہٕ۔ تِتھے کرشمہٕ۔ سأری کرِو پنٕنہٕ نٔین اَچھن بژ ونہہ کنہِ جأدی گری پٹھ اعتبار۔ کُنے پھوکھ لایہِ یمن دٕشوٗنی تہٕ وُٹھن للکبھ ٹیب...... پھوٗ...... وٗ...... وٗ...... شوٗ...... وٗ...... وُچھو دٕشوٗنی گیہِ اَس بَنٛد۔

(قلنٛدر تہٕ سادس چھُ اَس بَنٛد گژھان۔ ٹوٚجہٕ نبر نیران۔ تم چھِ نستہِ کنٕی گوں...... گوں...... گوں...... کران تہٕ پشیمان گژھِتھ سٹیٚچہٕ نبر ژلان)

سخاوت: واہ...... واہ...... توٚہۍ چھِوٕ پزی جأدوٗگر۔ کیٚاہ کرامات۔

کامگار: سائنِن اُچھن بڑ وُنہہ کنہِ کرامات۔ واہ!

جأدی گر: یہِ اوس اکھ لوکٹُٹ نموٗنہٕ۔ جہاں پناہ! صِرف اکھ جھلک۔ چمتکار بابا تہٕ کرامات قلندرن ڈٲلی ہوش۔

کامگار: ووٗنی وَن کیاہ ژٕ ہیکہٕ کھاپتِھ جادوگری ہُند جلوٕ ہاٲوِتھ۔ بادشاہ عالم پناہ سُند دِل شاد کرِتھ تہٕ جم جم شہارس مَتے مُژ آفت گاٲلِتھ۔

جادوٗگر: ضروٗر جہاں پناہ۔ نسبت ناوٕ دکرن۔ یقین کرِو۔

کامگار: اچھا۔

جأدی گر: بلکل...... بلکل! اکھ التجا چھَم۔ توٚہی تہٕ لُکھ پکو کھٕلہٕ مأدانس کُن۔ یکجاہ سپدِتھ وُچھو۔ جأدوگری۔

ڈھوٗکرور: (نگارس ژٕنڈ دِتھ) ہے لوکوٚ یوٗ زِو۔ توٚہہ سارِنے چھِ اطلاع یِوان دِنہٕ زِ جأدی گر ہنز جادوٗگری وُچھنہٕ موکھہِ سپدِو کھٕلہٕ مأدانس منز جماہ۔ بادشاہ سخاوت شاہ عالم پناہ تہٕ واتن توٗ رٕ۔ ہے لوٗکو یوٗ زِو۔ یوٗ زِو۔ (لُکھ نیران)

جأدی گر: جہاں پناہ! یہِ چھُسن پنُن جوان لڑکہٕ توٚہہِ نِش بطورِ امانت تھوان۔ پنٕنی شریکِ حیات تھون تُہنٕدِس وُزیر کامگار ہنز حفاظت منز۔ توتامتھ یوٗ تامتھ یہٕ آفت بلایہٕ ہتی دب کرِتھ توٚہہِ تماشہٕ ہاٲوِتھ یمہٕ۔ واپس یتھ گوٚ ھِ مے پنٕنی امانتھ تہٕ شریکِ حیات تہٕ ینامہٕ حاصِل سپدن۔

کامگار: جہاں پناہ چھِ یہِ منظوٗر کران۔

سخاوت: منظوٗر۔

وُزیِر کامگار: عالم پناہ پکو۔ (سخاوت شاہ، وُزیِر کامگار، جاٗدی گر سُند لڑکہٕ تہٕ زنانہٕ نیران) چۄکی در نگارِ وایان چکر دِوان تہٕ لُکھ تہِ وارِ وارِ جماہ گژھان۔ جاٗدی گر ہناہ وِنگہِ لٔد راژان تہٕ پتہٕ نیران پٹارٕ ہتھ)

داستان گو: ہے لۄکو وُچھو تہٕ بۄزِو۔
کھُلہٕ ماٗدانس منز لۄگ کھڈار پٹار ہتھ آو باٗزی گر
گرِ باٗرتز اوتھ لُکھ بے شُمارِ پٹار ہتھ آو باٗزی گر
(داستان گو ونان لفظ بہ لفظ)
شُری اکی ماجہِ پُرژھ۔ کیاہ اَسہِ ہاوِ؟ جاٗدی گر ماریا بچہِ بلایہِ
(داستان گو گوان لیہِ منز سۄت سۄت)
تمہِ توٗرِ دۄ پَنس پاٗنہٕ گژھِ مارِ پٹار ہتھ آو باٗزی گر
ہنگ چھا آسان بچہِ بلایہِ کِنہٕ کانٛہہ ہلکاٗری ہۄناہ چھُ؟
لُکھ تر ہرِیتی جم جم شہارِ پٹار ہتھ آو باٗزی گر

داستان گو: پٹار ہتھ آو باٗزی گر پٹار ہتھ آو باٗزی گر

جاٗدی گر: ہے خلقو۔ وُچھو وارِ وُچھِو۔ یہِ چھُ سہٕ پٹار یتھ منز مےٚ رُستم تہٕ سہراب اَسی بنٛد کٔرِتھ الہِ گڈِہ تہٕ ملہٕ گڈھس سُتی دب دب

کرِنأوٕمتی ۔ بس یتھ پٹارس منز کرن بہٕ سو بلاے تہٕ بنٛد یوسہٕ جم جم شہارس چھےٚ متے ہٕرٕ ۔ وایو ۔ سورنے ۔ نگارٕ ۔ ڈھول تہٕ ساز وایو ۔ وُچھو یِمہٕ اند رکیاہ نیرِ ؟

(جأدٕی گر پٹارس ژٕنجہٕ کڈان)

جأدٕی گر: (لۄکن ونان) ہے خلقوٕ بۄ سأری......آیہٕ کتہٕ؟

داستان گو: آیہٕ کتہٕ!

جأدٕی گر: زلیہٕ کتہٕ!

آوازٕ: زلیہٕ کتہٕ!

جأدٕی گر: دژلیہٕ کتہٕ بلاے ئُٹی ۔

آوازٕ: دژلیہٕ کتہٕ بلاے ئُٹی ۔

جأدٕی گر: (کُنےٚ ونان) کتہٕ چھِ ژۄرِ بہتھ ۔ غأر مُلکی یار ہبتھ ۔ ویار ہبتھ ۔ ہُتھی یار ہبتھ ۔ آفت چھنہٕ چھنٛز تہٕ ئُٹی ۔ ہے خلقو! چھا تو ہہٕ منز کانٛہہ دِلاور ۔ دِلہٕ دۄر نوجوان دۄر نظر تہٕ قد اور ۔ (لۄکن منز وُ چھان) ہے نوجوان! ولہٕ ساژ ولہٕ یۄری ۔ آ ۔ ژٕ ۔ یہٕ یۄتھ یہٕ ۔ یتھ پٹارس منز تژ اوارٕ نظر تہٕ ون کیاہ چھےٚ ؤنس تل یِوان ۔ وُ چھ ۔ کیاہ چھکھ وُ چھان؟

نوجوان: کیاہ چھُم بوزنہٕ یِوان ۔ آ......ہیۆتُن بوزنہٕ یُن!

جأدٕی گر: کیاہ......ون؟

نوجوان: جم جم شہارکس نہم نہم بادشاہ سُند محل خانہٕ۔

جأدی گر: یہِ کیٛاہ چھُکھ ونان۔

نوجوان: اِد کیٛاہ ونہٕ۔لُکھ چھِس پتہٕ کنہِ نہم نہم ونان تہٕ بڑ وٚنہہ کنہِ سخاوت شاہ عالم پناہ۔

جأدی گر: شاباش پٕزی چھُکھ دِلاور۔ وارِ وُچھ کیٛاہ چھے لبنہٕ یِوان؟ محل خانس منٛز کُس چھُ؟

نوجوان: بادشاہ نہم نہم شاہ لیٛفہِ تل شوٚنگتھ۔

جأدی گر: واہ...... واہ...... بوزان چھُہ سا۔ توٚہہِ کرنو پارے یێنبتھ سُمن تہٕ پانہٕ بێٚٹھ محل خانس منٛز لیٛفہِ تل۔ بێیہِ کیٛاہ چھے بوزنہٕ یِوان۔

نوجوان: جأدی گر سُند جوان لڑکہٕ بادشاہس رأچھی کران۔

جأدی گر: واہ...... واہ...... دراصل بجہِ بلایہٕ کھوژان۔ میٛأنس لڑکس دِوناوِ ہے بُتھ۔ بێیہِ وُچھ کیٛاہ چھے بوزنہٕ یِوان۔

نوجوان: شاید وٗزیر کامگارُن گرٕ۔

جأدی گر: تتہِ کیٛاہ چھے لبنہٕ یِوان۔

نوجوان: وٗزیر کامگارتہٕ تسنٛز زنانہٕ کوکرہس منٛز ژوٚرِ تہٕ جأدی گر باے چھکھ رأچھ۔

جأدی گر: ہے خلقو! بۄزواہ سأ توٚہہِ بادشاہ سلامت تہٕ وٗزیر کامگار کأٹیاہ بہادُر چھِہ۔ دِلہِ ڈٕری چھِہ۔ بہرحال وٗنی انکھ جادوگری ستی یۄری

(زنتہٕ مأنتھٕر پران) آیہِ کتہِ۔ زایہِ کتہِ۔ دژایہِ کتہِ بلاے ئنۍ۔
بأزی گرن بأزی گرِس۔ لۄکن منز کڈن ئنۍ۔ ہے خلقو۔ یتھ بلایہِ نہٕ جم
جم شہأرک فوج۔ سپاہ۔ پُلسہٕ ئنۍ راوِتتھ بلایہِ ہکیاہ جأدی گر ئنہِ
رأوِتھ۔ رٹتھ۔ مأرِتھ۔ تہٕ دوُر کھُرِتھ۔ وایو..... وایو سأ سأری ژُر۔
(لُکھ ژرِ کران)

چوٚکیدر: (نگارٕ ژُنڈ دِوان تہٕ سٹیجس چکر دِوان) ہوشیار۔ خبردار۔ بادشاہ
جہاں پناہ خانداُنی سیاستدان۔ سخاوت شاہ تہٕ تٔمی سُند قابلِ تأریف
نیک تہٕ ایماندار وٗزیر کامگار چھِ تشریف انان۔

سأری: خوش آمدید۔ خوش آمدید۔ (سخاوت تہٕ کامگار سٹیجس اندر راژان)

جأدی گر: ژرِ روایو سأری۔ (لُکن ہنز ژرِ)
بادشاہ سلامت۔ رِعایا سلامت! ہے خلقو! میأنِس اتھن منز کیاہ
چھُ؟

سأری: پٹا.....رٕ.....ہ!

جأدی گر: آ۔ یہِ پٹارٕ ہاون بہٕ سارِنے۔ ہناہ پۄرٕ کرو نظر۔ وٗنو اتھ پٹارس منز
چھا کینٛہہ۔ (سخاوت۔ کامگار بیٚترِ وُچھان)

جأدی گر: بادشاہ سلامت! توٚہۍ تہِ وُچھو غورِ سان۔ چھا اتھ منز کینٛہہ؟

سخاوت: خأ لی چھُ خأ لی۔

جأدی گر: بجا فرمووو! خأ لی چھُ۔ وونۍ کرن بہٕ دُبہٕ۔ وُچھوا مہِ منزٕ کیاہ نیرِ۔

(جأدی گر چھُ پٹارس ژٔنجہِ کڈان پتہٕ وُلٹاوان تہٕ تمہِ منٛزٕ چھُ بڈٕ پنہٕ ڈٲنجی نیران)

وُچھوسا۔ بادشاہ سخاوت شاہس تہٕ تٔسنٛدِس وٗزیر کامگارس تہٕ آیہ نہٕ بوزنہِ۔ کیاہ درٛلیہِ پٹارِ منٛزٕ؟

لُکھ: پنہٕ ڈٲنجی۔ پنہٕ ڈٲنجی۔

جأدی گر: آ۔ ستھ تہٕ پوٚز۔ پنہٕ ڈٲنجی! آبڈی بڈی بادشاہ۔ وٗزیر۔ وٗزیر اعلا تہٕ کم کم حأکم چھِ ڈٲنجہِ تلی پن تہٕ پنہٕ تلی ڈٲنج وٗنتھ سیاستکی وان چلاوان۔ مگر بہٕ جأدی گر۔ بس تہٕ یہوے چھُ میٛون اوزار تہٕ تہٕ ہتھی یار تہٕ۔ یتھُے سورنے وزِ أتھی پٔنس تھپھ کرِتھ کھسہٕ بہٕ ہیوٚر تہٕ کرِ ادر ہٕنٹھ بلایہِ ستی دب۔ آ...... توٚہی کٔری زبو میٛون انتظار ییتھی تھٕے یوٚ تام بہٕ واپس وٕسہٕ۔ وارِ یوٚ زِوِ یوٚ تام نہٕ بہٕ یا میٛون کانٛہہ انگ یا کانٛہہ نِشأنی یون یی نہٕ توٚ تام پنہٕ کانٛہہ پٔنن گرِ گژھوٕ۔

لُکھ: بِلکُل نہٕ۔ أسی کرو ویٚتی اِنتظار۔

سخاوت: أسہِ چھُ منظوٗر۔

کامگار: گٔروشوٗروٗ۔ جم جم شہارس گژھِ امُن روزُن۔ غأبی بلایہِ گژھن نہٕ متنہٕ۔

جأدی گر: (ڈٲنجہِ مُوران پن۔ داو رٹان کھوٕرِس اتھس وٕلتھ تہٕ ڈٲنج

دِوان ہیۆ ردأرِتھ ) ہے خلقو! سرن۔ سنگرن ۔ مرگن ۔ مرگزارن تۂ مأربلن سأر کرِتھ۔ آکاش تۂ پاتال ژھنڈِتھ۔ نرِ زنگہٕ وُٹِتھ انوٗن سو بلاے۔ لہٰذا اوٗچھو یہِ گیہ پنہٕ ڈٔنجی۔ یہٕ لاین یہ ہیۆ ر آسمان تۂ کھسہٕ اچی پنہٕ داوِ چھ کرِتھ ہیۆ ر۔ یِتھ کنۆ (زنتہٕ مأنتھر پران) سرن۔ سنگرن۔ بالہٕ تھونگن۔ مرگن تۂ آکاشس کأر تھوٗتِھ تھوٚد کھسے پنہٕ داوِ چھ کرِتھ جادوٗ گر تۂ کرے غأبی بلایہِ ستی دب۔ ہوٗ......چھوٗ......منتھر......پھوٗ......اوٗ......اوٗ......!!

(موسیقی)

کربکہٕ: کھوٚت...... کھوٚت۔ (پنہٕ داوِ چھ کرِتھ ہیۆ ر کھسنک اداکأری امی وِزِ اکھ پرٕ ہتھ زِ زنی اڑان۔ پرِ کران جأدی گرس پرِ۔ أنھِ پتۆ کنۆ زنتہٕ کھسأن آکاشس۔ لُکھ تِژ ھ اداکأری کران یتھ تِہنز نظرتۂ أچھ تس ہیۆ ر ہیۆ ر کھسان وُچھان)

کربکہٕ: کھوٚت...... ہیۆ ر...... ہیۆ ر...... کھوٚت ہیۆ ر...... ہیۆ ر...... ہیۆ ر...... کھوٚت اسمانس......

کامگار: جہاں پناہ...... وُچھو کوٚت ہیۆ ر کھوٚت۔ ووٚنی ہیۆتُن نظرِ ڈلُن۔ جأدی گر کھوٚت اسمانس......

داستان گو: (گیوان)

پنہٕ داوچھ کرِتھ گوسہٕ کھسأنی    جأدی گر گو اسمأنیے

حأرتس لُکھ گیہِ رٕ ۄدی تم وُچھأنی     جأدی گر گو اسمأنِیے

(تحتل لفظ)

ہنگہٕ منگہٕ شامس پیوٚ اسمأنی     نرِ زنگہٕ کھوٚر اِنسأنِیے

زونگھ جأدی گر مارٕ چھُ گومُت     رۄٹُمت کمہِ تام بلایے

تانہٕ تانہٕ کوٚر رمُت چھُن اَسمأنی     جأدی گر گو اسمأنِیے

لُکھ: افسۄس صد افسۄس۔

بلایہِ چھُ رۄٹُمت تانہٕ تانہٕ کوٚر رمُت     کلہِ کلپہِ سان کھیوٚمُت لو

ۄسی تن بلاے یۄری اسہِ کرِ کڑ وپیا     اکہِ اکہِ نی اسمانِیے

آوازا: تیٚمِس نم نم شاہس پیٹھ چھا پڑھ۔ یتہٕ رأچھی درن باہتھی یارن حوالہٕ۔ اسہِ گُس کرِ رأچھی۔ کرونا پٕنٕنی رأچھی پانے۔

لُکھ: جم جم شہارُک نم نم شاہ     لاپرواہ لاپرواہ!

واویلا کر واویلا     واویلا کر واویلا

(گول چکرس منز سپنہٕ کۄبی)

سخاوت: خاموش! ۄزیر کامگار۔ سبٹھاہ حأرتھ کُن معاملہٕ چھُ۔ جأدی گر کھوٚت اسمان سأنٮ۪ن دِیدن تل۔ تُنٛد کھور بانہٕ تہٕ زنگہٕ آیہِ لایِنہٕ یون مگر کلہٕ پان نہٕ گُنی۔ یہِ چھےٚ حأرتچ کتھ۔ بیٚیہِ کُنہِ جایہِ ماپیوٚ؟

لُکھ: بادشاہم۔ بلکُل نہٕ۔ یورنہٕ گُنی۔

کامگار: جہاں پناہ۔ شاید چھُن بلایہِ ستیٚ دب لأجھو کرٕنی۔

جأدی گر بأے: ہتاہ کیٲہ گوم۔شاید ما گوم خانْدار مارے تہٕ کیٲہ گوم۔ ہے افسۄق۔ صد افسۄس۔

سخاوت: پُزی چھا مارِ گومُت۔اسہِ ہوٗون حأرت کُن تماشہٕ پنہٕ داوِ تھچھ کٔرِتھ ہیٚو رکھسُن۔اے محترم! غم مہٕ بر۔آ۔ یہِ ونتہٕ یہِ جأدی گر ِکتہٕ کالہٕ پٔتھ چھُ تتھی تماشہِ ہاوان۔

جأدی گر بأے: واے۔کیٲہ ونہٕ۔ۄ ری ۄہ مرِ گأس تماشہِ ہاوان کرتب کران۔مگر اسمأنی کھۄت گوڈ نِکہِ لٹہِ۔واے کیٲہ گوم۔ مارِ ما گوم!

کامگار: جہاں پناہ! میٚہ چھُ باسان جأدی گر چھُ مارِ گومُت۔تمُی سُند کلہٕ تہٕ پان چھُ بلایہِ پأنس نِش رۄٹمُت تہٕ زنگہٕ تہٕ کھور بانہٕ ترٛأوِن اسہِ مٔنز ۄشہتھ بڑاونہٕ موکھ۔

سخاوت: تیٚلہِ دیٚتِن دہ کھ۔اسہِ تہٕ رِعایاتہٕ۔

جأدی گر بأے: ہتاہ میانہِ بأزی گر خانْدارو۔یم ہا چھی ونان دہ کھ بازتہٕ کیٲہ گوم۔

کامگار: بِلکُل! سون تہٕ رِعایاہُند وق تہِ کۄ رُن ضایہِ۔

سخاوت: کٔرِو تیٚلہِ یمن انگن ہُند اُخری رسۄم۔تہٕ نیرو!

کامگار: عالم پناہ! کیٲہ کرو۔دفن کرو کھ کِنہٕ ژیٚتایہِ پٔتھ زالوکھ۔

سخاوت: تہِ پُرژھو جأدی گر بایہِ۔

جأدی گر بأے: (رٕپُتھ لأگتھ وۄدن تہِ گوٚن)

ۄہن ۄری ین پُرژھے جأدی گارو

دۄہن دھرم تہٕ زات کیاہ چھےٚ

جأدۍ گرس دۄہن دھرم تہٕ زات

جأدۍ گرِ یِے تورٕ وۄنتھم تہٕ کیاہ گوم

کامگار: عجیب کتھاہ۔ أسۍ ما آیہِ دولابس ہینہٕ؟ کتھِ دزٕ لیہِ نہٕ گینٛز!

سخاوت: اسہِ ہُش چھِنہٕ سأِلم جسم۔ گرٕ ھو زنگ تہِ کھوربانہٕ زأریون۔

جأدۍ گر باے: انگ سۄمبرِتھ بۄرمیےٚ تھالس

زنگ کھوربانہٕ ہیٚیہِ ما کینٛہہ

یِے کھارکھ ژیٚتایہِ پیٹھ

سۄرسپدکھ تہِ دِکھ وۄنۍ

سخاوت شاہ: زالو...... زالو......

جأدۍ گر باے: جہاں پناہ! شناخت چھےٚ کلہٕ ہیر۔ بُتھِ ہتۍ سپدان۔ سُہ چھِنہٕ کُنۍ۔ کُمۍ ہٕشرٕ زنگہٕ تہٕ کھوربانہٕ چھُ ییہِ؟

سخاوت شاہ: تہٕ چھےٚ صداقت۔ شناخت چھےٚ بُتھِ ہتۍ۔ مگر جأدۍ گر ہسےٚ پنہٕ ڈینجہِ تھف کرِتھ ہیۄر کھۄت ۓ زأرلو ساہے۔

جأدۍ گر باے: (زنتہٕ ژیٚتایہِ گتھ دِوان)

دوہ گو تے راتھ ہو آیے

پڑ ژھنہٕ نبہٕ کین تارِ کن۔

زون زوتان پڑ ژھ پڑ ژھ تھکان

جأری گارو کھو کھ کمہٕ بلایے

کامگار: جہاں پناہ! بےٚ آسرن مدد کرُن چھُ سرکارُک فرِض۔

سخاوت: ٹھیک چھُ۔ یہِ گو تہٕ گو۔ جأدی گر تہٕ گو پانس۔

کامگار: کیاہ پتاہ پتھ تہٕ ما آسہِ گأمژ بجہ، بلایہِ نِش آزادس۔

سخاوت: تیلہِ نیرِ وسأری پنُن پنُن گرِ۔ پنُن کأم کارِ کرِو۔

کامگار: جہاں پناہ۔ جأدی گر سُند گوبُر چھُ خاموش بہتھ دِیان۔ زنگن منز چھُن کلہٕ تژ وومُت۔ توہی نہیؤن پانس ستی تھیؤن محل خانس منز۔ جأدی گر بابے روزِ مےٚ نِش بطورِ امانتھ۔ ئکو نیرِ وسأری۔ (سأری نیران)۔ رؤ زِو بلا وِسواس۔

داستان گو: گوبراہ جأدی گرُن نیؤ بادشاہن، تھوُون پننہٕ نے محل خانے

زِنی جأدی گرِ نی یی کامگارن کھٹِن ستن کھٹِن اندرتہٕ امہِ پتہٕ

بیٚہہٕ دوہ شامن سازلگی وزنے خلق وزایہِ بیٚہہٕ کامگارا ے

دمامہِ تہٕ سورنے وزان آسمانے، حأرتس پیو سخاوت شاہأنے

(لؤکن ہنز آواز۔ حأرأنگی)

داستان گو: سِمتھ آیہِ سأری منز مأدانے وُچھنہِ لگی تم آسمانے

لُکھ: (کربکہٕ) وُچھو ہیوٚ رُکن۔ اسمانس کُن۔

آوازا: وُچھو وُچھو۔

آواز۲: ہُپأرِ وُچھو۔

آواز۳: لپأرِ نۂ یپأرِ وُچھو!

کربکہٕ: وۄتھ۔ وۄتھ ہے یۄرِ وۄتھ۔

آوازا: یہِ چھُ گُستام سورٕگکی پرٕزلوٕنی جامہٕ لأگتھ۔

آواز۳: وۄتھ۔

(زٕ نفر پرٕدٕ ہتھ اژان۔ یتھ پتہٕ کنی جأدی گر شاہی لباسس منز۔ پرٕدٕ ہتھ نفر نیران)

داستان گو: ہیٚرِ وۄتھ جأدی گر کمہِ شاہانے موٗنگہٕ نکھ پٔتن ینامے

کربکہٕ: مُبارکھ۔ مُبارکھ۔

(امی وِزِ کامگار وٗزیر تہٕ سخاوت شاہ اژان)

جأدی گر: بادشاہ سلامت۔ بلاے گٔیہِ دفا۔ مأرِتھ ترٛاوم۔ اعلان کٔرِو سأرِسے جم جم شہارس۔ یُتھ نہٕ اکھ فردتہِ کم گوٗژھِ۔

سخاوت شاہ: ضرۄر۔

کامگار: وُنی کرٕناوو پارے۔ کانٛہہ فرد گژھِ نہٕ اورٕ یور گژھُن۔

جأدی گر: آ۔ اکھ فرد تہِ گژھِ نہٕ کم گژھُن۔ جہاں پناہ۔ کرِیوٗن میٚون فرزند واپس۔

سخاوت شاہ: بلکُل۔ وُچھو تُہُند صاحبزادٕ چھُ میانہِ محل خانہٕ پتھٕ یۄرِ پکان۔

ؤچھو۔

(جأدۍ گر سُند فرزند اندر اژان)

جأدۍ گر: ؤزیر کامگار! میأنۍ امانتھ۔ میأنۍ شریکِ حیات کریٚو ن واپس مےٚ حوالہٕ۔

کامگار: اے جادؤگر۔ بہٕ چھُس شرمندٕ! مےٚ تھأو سوستن کُٹھبن پتھ کُلفن تل۔ تالا بنٛد مگر مےٚ چھنہٕ خبر سوکوٚت گیہٕ۔

جأدۍ گر: جہاں پناہ! کیٛاہ ہیٛوے چھا تُہُند وفادار ؤزیر کامگار۔ بہرحال میٚون ینامہٕ ہُرأوِو تہٕ بہٕ کرن پنٛنۍ شریکِ حیات توٚہہِ نِش حاصِل۔

سخاوت: بہٕ منلکھ تہٕ دموے۔ أسۍ کرو وادس وفأیی۔

جأدۍ گر: (مأنتھر پران) انتر...... منتر...... جنتر...... کام کرے تنتر۔ أتھر...... پنٛتھر...... ؤتھر...... ؤلتھ پکی جل...... سوتھر...... یوتھر۔ اسمأنۍ اؤبُر ؤلتھ أدۍ صوٗرت نٛۍ کڈِتھ۔ کامگارن منٛز کُلفس اندر ستن کھٹبن بنٛد کُرِتھ۔ آو جأدۍ گر کرے پھؤ...... ؤ...... ؤ...... لؤکن بزوتھہ کنہِ نوٚن کڈٕ ے۔ پنٛنۍ زنانہٕ ہؤ ہؤ...... ہؤ ہؤ...... کرو لُکو ژٕر۔

(لُکھ ژٕر کران تہٕ جأدۍ گر بأے اندر اژان)

جأدۍ گر بأے: میأنہِ بڑِ دیہِ! میٚون خاندار زِنٛدٕ تہٕ جاوید۔ میأنٛبن دپدن تل۔ ہتو

ژِ سیوٚ نوی تماشہٕ ہاوٕنس۔ لٮ۪کن ہُنٛد دِل بہلاوٕنس۔

جأدی گر: جہاں پناہ سخاوت شاہ بادشاہ! کامگار ژ زپٕرن کٔر سأنی امانتھ واپس۔ مگر اُمِس نیت اٚسس ڈٲجہٕ ہیوٚ۔ (زنانہِ کُن) ہتے ہیے کٔرس تھپھ تہٕ وُنی گوٚ ہِ زمینہٕ چاکھ تہٕ تھٔوی مٔنز کرن بنٛد۔

جأدی گر باے: نہٕ...... نہٕ...... اُمِس چھنہٕ کانٛہہ خطاہ۔

سخاوت: بِلکُل نہٕ۔ ٹیکی کِہ ہاوتہِ اسہِ بیاکھ کانٛہہ تیٚتھ تماشا یُس نہٕ اسہِ زانٛہہ آسہِ وُچھمُت۔

جأدی گر: (ہناہ دم دِتھ) بِلکُل۔ واہ۔ کیاہ خوٗب! بادشاہم۔ توٚہی لنہٕ نأوِو پننہِ محل خانٛک بوٚڈ قیمتی ژنٛدنک صنٛدوٗق۔

کامگار: جلد لنہٕ نأوِو یور؟

(کارنٛدِ نیران تہٕ اژان اکھ پرٕ ہتھ ہتھ پٔتھ بوٚڈ صنٛدوٗق بنأوِتھ تم روزان سٹیجس مٔنز پٔتھ)

کامگار: وُچھوانہٕ نوو۔ ہٕکیا چھُ توٚہی نِش۔

جأدی گر: یہٕ اژِ اتھ مٔنز پنٕن عیال ہتھ۔ تہٕ تُہٕنٛد گوٚ ہِ تتھ سنگین کُلف کٔرن۔ پتھٕ گژھبس میوٚن ینامہٕ علاوٕ پانٛژھ عرب روپیہ بتہٕ وزن دار کیٚنٛہہ ہٕتھی یار تھوٚنی یِتھ نہٕ یہٕ نیرِتھ ہیکہٕ۔ پتہٕ برٛنوی کھنٛڈی گوٚ ہِ صنٛدوٗق مُورٕ اوٚن تہٕ وُچھن تمہِ مٔنز کیاہ نیرِ۔

سخاوت شاہ: واہ...... کامگار۔ وُچھو یہٕ تماشہٕ۔ لٲگِو صنٛدوٗقس کُلف۔ جأدی گر

ژاوصندوقس!

کامگار: بِلکُل بادشاہم۔ (لُکھ ژٕ رکران) اما یہِ کیٛاہ سناہ کرِ۔ عیال ہیتھ ژاوصندوقس۔

(لڑکہٕ جاٗدی گر باے تہٕ جاٗدی گر پردس پٔتہٕ ‑کنہٕ گژھان پتہٕ کامگار یِوان واپس)

کامگار: بادشاہم جاٗدی گر ژاو صندوقس بے عیال ہیتھ۔ مےٚ کوٚرمس کُلف۔ روپیہٕ تہٕ ہُتھی یار تھٔوِس ٹھانس پیٹھ۔

جاٗدی گر سنز آواز: ہے لۄکو۔ ساٗری کٔرِو ژٕ ر۔ (لُکھ ژٕ رکران)

داستان گو: ہے معزز مہربانو تہٕ قدردانو:

ژٕندٕ نِک صندوٗق اوس منز مارکس

جاٗدی گر عیال ہیتھ تتھ منز ژاو

ٹھانہٕ دِتھ پژتھ اَندٕ کُلف کٔری ہاٗس

ینامہٕ تہٕ ہُتھی یار روزن تھاٗوی ہاٗس

(لُکھ...... واہ...... واہ...... ونان تہٕ ژٕ رکران)

داستان گو: لۄکو حاٗرتہٕ سان ژٕ رِ پوٚپ کوٚر

بُرٕ ژی کھنڈی صندوٗقس ٹھانہٕ تُلِکھ تھوٚد

لُکھ آوازا: تتہٕ کیٛاہ وُچھکھ؟

داستان گو: وناہ؟

آواز ۲: ون۔

داستان گو: جاۂدی گر عیال ہیتھ غاۂب گومُت
ٹھانہِ صنڈ ؤتُک زن وُڈِتھ گومُت
نے کُنہِ نیچوٗ ے نے جاۂدی گر باے
نے کُنہِ ہتھی یار نے روپیہ امبار

سخاوت شاہ: اے ؤزیر کامگارو۔ یہِ کیُتھ جاۂدی گر۔ اَسہِ کوٚڈُن حاجتھ پانہٕ گو غاۂب۔ پتھ نیوٗن ینامہِ بیٚیہِ روپیہِ امبھار۔
(زٕ سپاہ چھِ سبٹھاہ تشویشہِ سان اژان)

سپاہ اکھ: جہاں پناہ۔ بے ادبی معاف۔ سانہِ سلطنت ہِندی ساۂری خزانہٕ چھِ کُلفہٕ روٗستے وتھی۔ تہٕ خزانہٕ چھِ خاۂلی۔

سپاہ زٕ: ئوِ بلاے چھِ خزانن تہٕ توشہِ خانن متے ہش۔

سپاہ اکھ: روپیہ، سون، روٗف، لال جوہارت تہٕ توشہِ خانن ہُند سامانہٕ سورُے غاۂب۔

دوشوٕ ے: کینٛہہ سبیل کرِو۔ تدبیر کرِو۔

سخاوت شاہ: (ٹوجہِ کرِتھ) حاۂران کُن چھی۔ یہِ سورُے، کتھٕ کنٛی سپُد۔ ہیلی کافر منگہِ ناۂوِو۔ تیمی دمہٕ یمو ساۂرِنے خزانن تہٕ توشہِ خانن سام ہیتھ۔

کامگار: جم جم شہارس اُچی خبر کُنٛ سٕنز نظر۔ مسلہِ چھِ ہُران۔ پکِو۔ (نیران)

داستان گو: تعجب چھُ۔ جاۂدی گر ما گو سخاوت شاہس سخاوت کرِتھ۔ خزانن

پھٕرتھ۔ افسوس کتھ۔ جم جم شہارس کُس بچاوِ ووٕنی۔ (تمُ سُند موبایِل چھُ بجان، سُہ چھُ چنٛدِ منٛز کڈان) ہیلو...... ہیلو کوسہٕ خبر۔ بڈٕ۔ خبر کیٛاہ چھےٚ۔ اچھا۔ کمال چھُ۔ ہیلو۔ ہیلو۔ ہیلو۔ ژھیون! ہے قدر دانو۔ وُنی آیہٕ خبر زِ جأدی گر چھُ سأری خزانہٕ روپیہٕ لال جواہر بیٚترِ ہتھ فارِن ژۄلمُت۔ فارن بنکن منٛز تھٲوِ سوُرے پٲنٛسِ تہٕ زنانہٕ ہٕنٛدِ ناوِ۔ فارِنس منٛزے کرِ رہأیِش۔ افسوٗس چھُ۔ ہماقت۔ سودیٖشچ فِکر کُس چھُ تھاوان۔ ییٚتہِ کماوان تہٕ بدیشی بنک بران۔ میٚہ تہٕ ہیوٚتُن احساس گژھُن زِ پٲنٛن داستان گوئیِ ہُنٛد پیشہٕ بدلاوو...... أتی چھُس سوچان...... کتہِ جأدی گر تہٕ کتہِ زِ بہٕ داستان گو۔ مہربانو قدردانو...... ہناہ گرِ گوٗڈہتھ گرِ وسوچ کیٛاہ یِتہِ چھاسپدان یہٕ جم جم شہارس سپدِ بو۔ سخاوت شاہٕنس دورس منٛز۔ تیٚمس عوام اوس ونان نمہ نمہ شاہ۔ اِدِ کیٛاہ دِیِو اِجازتھ۔ سلام۔ سلام۔ سلام۔

(اژان اندر رتہٕ پردٕ پیوان)

☆☆☆

## PUBLICATIONS OF THE AUTHOR

| | |
|---|---|
| 1. TEEN ASANGAT AIKANKI (3 PLAYS in Hindi) | 1967 |
| 2. TRUNOV, MANGAI, MANZIL NIKAA | 1969 |
| 3. TSHAI, 3 Act play in Kashmiri | 1972 |
| 4. LALBODRAYAS LOLRE, 3Actplay | 1972 |
| 5. NATAK TRUCHE, (HARAM KHANUK AINA, KANSI MA ROVMUT HAI KYA GOAM, MANZIL NIKAA) | 1982 |
| 6. TOTA TA AINNAJ, (Full length play) | 1984 |
| 7,. DAKH YELI TSALAN & SHAH PATHAR | 1994 |
| 8. NAGAR VODASSEY (4 Act Play) | 1997 |
| 9.S1-IAAPH & AKANANDUN | 2000 |
| 10. HEEMAL NAG IRAI (Full length) | 2007 |
| 11. DARSHUN ,Lyrical, One Act | 2007 |
| 12. VIH TA VAR (2 Plays) | 2013 |
| 13. NATAK DUCH, 2 Plays | 2015 |
| 14. OAK ANKI NATAK, 10 One Act Plays edited for Sahitya Akademy, New Delhi | 2004 |
| 15. PASHU GATHA, A Short Novel in Hindi | 2003 |
| 16. BHAND NATYAM, (Kashmiri Folk Theatre) | 2001 |

PLAYS TRANSLATED INTO HINDI

16. CHAYA, Translation of TSHAI, by Prof. H. K Kaul
State Cultural Academy Publication 1975

17. NATAK TREYI, Hindi translation of Natak Truche
    by Dr. S.S. Toshakhani, Sahitya Academy Publication
18. BHAND DUHAVEE, Hindi Translation of
    DAKH YELI TSALAN by Dr. 5.5. TOSHAKHANI
    published by the Author 2002
19. PALNEY KA POOT & TRINAM, Translation of
    MANZIL NIKA & TRUNOV by D. G.S. Raina
    published in 1991
20 .RANG RAAJTARANGINI, Translation of Nagar
    Udas and Shaaph by DR. G.S. Raina, Published by
    Kanti Publications Delhi 110053 2007
21. VIDUSHIKA Translation of VAR by Dr. G.S.Raina
22.TOTA AUR AINNA, translation of Tota Ta Aiinna
    by Dr. G.S. Raina published in CHAYYANUT No.135

**Authors Translations of Plays in English**

1. Late All Moham mad Lone's Play CHARE PATHER
   Published in English Sheeraza, of State Academy
2. Late All Majboor's play "Pathar Chu Jaree"

**Unpublished Plays of the Author**

1. LAILA MAJ NOON in KASHMIRI
2. ZIN-E-MAZOOR
3. WUZRA MAAL
4. VISTHAPAN RANG
5. NOV HEEMAL NAGIRAI (10 Acts) 6. BHOG, Etc. etc.

# NATAK DUCHE



By

MOTI LAL KEMMU

*Printed at:*
Raina Art Printers # 09419141499